


(بچَن ہنٛدِ خاطر)

قاضی ہلاؔل دلنوی

قاضی منظور پبلی کیشنز۔ دلنہ بارہ مولہ کشمیر

کتاب :- گُل سوءتکو

لِکھأری :- قاضی ہلاآل دلنوی۔ رابطہ 9906480442

صفہٕ :- 116

چھپن وری :- 2016ء

کمپوزنگ :- فیضان کمپوزنگ سنٹر سوپور (9596125720)

مول :- ہتھ روپیہ (RS 100/=)

کتاب چھ دٔستیاب

۱) قاضی ہلاآل دلنوی۔ دلنہ بارہ مولہ

۲) رشید کانسپوری۔ کانسپورہ بارہ مولہ

۳) قاضی سجّاد۔ دلنہ بارہ مولہ

۴) کتاب گھر۔ ایم۔ اے۔ روڈ سری نگر

۵) میزان پبلشرز زبٹہ مالو سری نگر

قاضی منظور پبلی کشمیر قاضی محلہ دلنہ بارہ مولہ

# باگنے

# انتساب

تمن جِگر گوشَن ہنٛدِ

ناوٕ

یمہٕ سانہِ پَگہچ آش تہٕ راش

چھِ

شان تُہِی چھِو پگہٕ ہچ آش ہلالسؔ چھَم

سانٛین آشَن عزِتےٕ تھاوِو ہے ٹاٹھیو



# دُعا

دُعا گُلہِ گنڈِتھ چھُس منگاں اے خدایا

رحم کرژ چھکھ مہرباں اے خدایا

بہٕ چھُس وأنسہِ کم چھُس بہٕ اُوبل تہٕ زأوُبل

توانا بناوُم جواں اے خدایا

مےٚ چھُم سوچ کم وأنسہِ کنہٕ وُنہِ شُرُے چھُس

عقل سوچ دِم بے کراں اے خدایا

بہٕ تیُوتاہ لوکُٹ چھُس بیہاں ماجہ کو چھہِ منز

بَس چھُس بہٕ ریشں گنداں اے خدایا

مےٚ دِم تیُوت طاقت زِ اِستادٕ گرٕھہ ہا

بہٕ وُچھہِ ہا یہِ سورُے جہاں اے خدایا

بہٕ تعلیم پرٕ ہا تہٕ انسان بنہٕ ہا

بہٕ پأراوٕ ہا کُل جہاں اے خدایا

غریبن تہٕ بێیہٕ غمزدن دل بہٕ رچھہ ہا

مےٚ رُت سونچ دِم رٕژ زباں اے خدایا

مےٚ تمہٕ دوس دِم رٕتی تہٕ یمہٕ نیک آسَن

رٕتێن ہنُد یہ بنہِ کاراواں اے خدایا

ہلاکن دُعا کوٚ رزِ انسان سأری

تھوٚ کھ شادتےٚ شادماں اے خدایا



# میون مدرسہ

گاشہِ آگُر گاہ ژھٹان ۔ انہٕ پرَن آلو کران
زان تہذیبچ دِوان ۔ شان علمٕچ نٔژ کڈان

میون مدرسہٕ کیٛاہ چھُ جان

سون مدرسہٕ کیٛاہ چھ جان

علم فرمانِ خدا ۔ علم حُکمِ مصطفیٰؐ
علم گوراہِ ھُدیٰ ۔ علم چھُے وتتکُ صدا

نوّن چھُ اِقراءدر قران

سون مدرسہٕ کیٛاہ چھ جان

واہ وا اِسکول سون ۔ مأری موہٕد تےنُنٛد بون

خأرخأہ چھی چون میون ۔ چھُے اگرشیرُن ژٕے لون

ولہٕ سہٕ یارا شوقہٕ سان

سون مدرسہٕ کیأہ چھ جان

جان کیأہ ووستاد سأنی ۔ فِکرتاران دأنی دأنی

اسی تہِ ہیٚچھان مان مأنی ۔ دِے نہٕ تھاوِنی پانہٕ وأنی

سُے فقط علمُک نشان

سون مدرسہٕ کیأہ چھ جان

گُل چھ أسی گلشن وطن ۔ مشکہٕ ناوَو أسی چمن

وُڈٕ وِنٛین جاناورن ۔ اسہِ کڈُن واشاہ پکھن

طے کرُن اسہِ آسمان

سون مدرسہٕ کیاہ چھ جان

اسہِ ونان رٕژ کتھ ہلاآل ۔ یِنہ دِلن تھاوِو ملال

علم چھُ مولہ وُن یہِ لال ۔ سونٛچ سوٗن تے رُت خیال

چھُو ترقی ہنٛد نشان

سون مدرسہٕ کیاہ چھ جان




اکھا اکس سمِکھو تہٕ گوڈٕ گرِژھ سلام کرنی ۔

اکھا اکس گرِژھ ہَر ہمیشہ اسہٕ ونہِ بُتھہِ سمکھُن ۔

باین بێنێن ستیٚ گرِژھ رُت ورتاو کرُن ۔

مائلس ماجہ تہٕ زِٹھێن ہُنٛد حکم گرِژھ بجاہ آنُن تہٕ تمن گرِژھ عزّت کرُن ۔

یمہٕ لُوکھ مصیبتس منز ییٚنہٕ آمتیٚ آسَن ۔ تمن گرِژھ اتھہٕ وٚتھ تھأوِتھ مدد کرُن تہٕ دِل رٹھُن ۔

رٔتێن لُوکن گرِژھ پتہٕ پتہٕ پکُن تہٕ ناکارٕ انسانن نِشہِ گرِژھ دُورروزُن۔
پتھر پیمہٕ تێن گرِژھ مدد کرُن تہٕ بد وَرتاوَن والێن گرِژھ در گُذر کرُن
بدی ہنُد بدلہٕ گرِژھ نہٕ بدی ستۍ بلکہِ نیکی کرِتھ دِنُن۔
اتھ گرِژھ نہٕ کانسہِ دارُن تہٕ پنہٕ نِسے ہمێتس گرِژھ کام ہێنز۔
ہمیشہ گرِژھ پوٚز وَنُن بامے کانہہ ناراضےٕ گرِژھی تن تہٕ اپز نِشہِ گرِژھ
دُورروزُن ہر گاہ نقصانےٕ تہٕ واتہِ۔کانسہِ انسانس گرِژھ نہٕ نچہ نظرِ
وچھُن بامے سُہ کوتاہ غریب یا بیقل تہِ آسہِ۔



# میأنی کتاب

لولُک فسانأہ چھم کتاب ۔ اکھ رُت ترانأہ چھم کتاب

موہرن تہٕ دیٚارن کیأہ حسر ۔ مولہٕ وُن خزانأ چھم کتاب

یکی رأچھ ہُردارس کرٕم ۔ سُے رُت قرانأہ چھم کتاب

ہاوان صورت رنگ برنگ ۔ أیینہ خانأہ چھم کتاب

کمہٕ پوش مُشکنٕ دار چھِس ۔ اکھ گلُستاناہ چھم کتاب

دُتنم سبق رٕژرُک دوہے ۔ ووستادِ داناہ چھم کتاب

فکرن غمن کوٚرنم سہل ۔ تُتھ شاد یاناہ چھم کتاب

علمچ ہلالاَ ترٛلیش لُج

پوٚز ترٛیشہِ باناہ چھم کتاب



# ٹاٹھیٚو بچَو

مائِلس ماجہِ ستۍ گرِٛھ ہر ہمشہِ نیزمی تہٕ نرمی سان پیٚش یُن ۔ یِمن گرِٛھ نہٕ ناوِیتھ آلو کرُن ۔ وتہِ گرِٛھ نہٕ یِمن برٚ وٕنہہ برٚ وٕنہہ پکُن ۔ ہرگاہ مول موج کُنہٕ وِزِبرٚ ہٹہِ تہِ کیٚنہہ ونہِ تھٕنٛد ژٲک موٚ دُر گرِٛھ اَسان اَسان ژاُلن ۔ یِمن کُن گرِٛھ اسہٕ ونہِ ہوٚنٛجہ نظر ترٚاوِنۍ تہٕ یِمہٕ گرِٛھن پرٚتھ رنگہٕ خوش تھاوِنۍ ۔

وُٹھہٕ کُمہٕ جارچھُ مایہِ تہٕ محبتچ زبان۔ وُٹھہٕ کُمہٕ جارچھ ناوٕ میدن آش ہُر راوان دوکھہٕ زدن سوکھ واتناوان۔ تہٕ انہِ گژ دلن گاش بخشان۔ وُٹھہٕ کُمجار چھ سُہ پوش یُسنہٕ زانٛہہ ژمان تہٕ ژٕومٹھان چھُ۔

۱۔ حسد چھ انسانہٕ سنٛدِ دلکُ سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ دوو۔

۲۔ یمہِ کتھہِ ہنٛزنہٕ زان آسہِ سو کتھ کانٛسہِ پرٛ ژھنس گرِشھنہٕ منٛد چھُن۔

۳۔ رٕتیو اِخلاقو ستۍ چھُ دشمن تہِ دوس بنان۔

۴۔ پوٚز وننہٕ ستۍ چھُ انسان سارِوٕے ناکارٕ گیٚونشہ مُچھہِ روزان۔

# پٔنٕنۍ زباں، کاشِر زبان

ژٕہیچھ کاشِر زباں چھُکھ ہےَ ژٕ داناۂہ

پٔنٕنۍ زہٕو زیرٕ کی ہٕنٛد بۆڈ خزاناۂہ

وو پر لفظن گرٕھُن أنٛزۍ مُٔنزۍ سہل چھا

لگان اکھ اکھ لفظ ہٕچھنس زماناۂہ

---

بَبا موجی وُنَن اوسٕے ژٕے شُوبان

وٕنٛدان زُ موج بَب اوسٕے وندان پان

بس ڈیڈی ، ممی پنہٕ ماجہِ وُنتھم

وو پر لفظن اندر چھے ماے راوان

---

بَبا موجی وُنن کیاہ مائرک موٗند اوس

متیا ڈیڈی ممی وَنہٕ نن آونٕے کوس

ژے رأوِ ے ماے مائلس ماجہِ معنے

بَنیمِژ چھے زبان بے معنہِ سَتہٕ سوس



# دود کُتھ چھُ آسان

اکہِ دوہہٕ گومشہور سائنس دان ألبرٹ آینسٹاین اکس جایہ سالس۔ امہِ گرٕچ خانہٕ دارنی وژھس دٔسر ۔ مے سمجاوی توتہٕ ژھوٹین لفظن منز پننی تھیوری آف رِلیٹوٹی (THEORY OF RELATIVITY)

آینسٹاین وُتھس "یہِ ویژھناونہٕ برٕ وٕنہہ ونے بہٕ اکھ دلیل۔ بہٕ اوسس اکہِ دوہہٕ اکس گاشہِ روس انسانس ستی وتہٕ پکان۔ أسی أسی کتھ تام کتھہِ دل دِوان۔ اتھی منز وونمس "مےٚ چھُ دود سیٹھاہ پسند"۔

یہ اون وُتھم "مےٚ ونی تو یہ دوٕد کُتھ چھُ آسان"۔

مےٚ وونمس "یہ چھُ سفید آب ہُو آسان"۔

سُہ لوگُم ونہٕ "آب چھُم خبر۔ امایہ سفید کیاہ گو"۔

دۆپمس "سفید گو دوٗد بڑ گہٕ سبزن تیریٚن ہوٗ رنگ"۔

تمی پرٛژھنم "پکھہِ ہنزِ تیر چھم خبر۔ اما یہ برٛگ کیاہ گو"۔

مےٚ وۆنمس "برٛگ چھُ اکھ جاناوار اٰہ۔ یمس گردن ہٕج چھ آسان"

"اچھّا۔ گردن" یِی ونان ونان نوٗ تمی پنُن اتھہٕ گردِنی کُن تہٕ وۆتھُم

اما۔ یہ توٗ رُم نہٕ فِکر زِ ہوٗل کیاہ گو؟"۔

مےٚ روٗٹ تمی سٕنٛد اتھہٕ پننِس اتھس منٛز تہٕ پنُن اتھہٕ ہوٗل کرِتھ وۆنمس

"ہتہٕ سأ۔ یہ گو ہوٗل آسُن"۔

یہ بوزِتھ گوا عما خوش تہٕ وۆتھُم اسہٕ ونہِ بُتھہٕ "شکریہ۔ وون توٗ رمےٚ فِکر

زِ دوٗد کُتھ چھُ آسان"۔

امہِ پتہٕ کیٚنہہ کالاہ ژٕیتھ دِتھ وۆتھ آینسٹاین امِس بُزرگ خوتوٗ نہِ

"میڈم! ہرگاہ بہٕ ژھوٚٹین لفظن منٛز توہہِ تھیوری آف رلیٹوِٹی

فِکر تارنچ کوشش کرٕ۔ سُہ گو تُہُتھے ہوٗ۔ یُتھ امس أنس دوٗد

فِکر تارُن اوس"۔

# ولہٕ ہوکرَ ے

ولہٕ ہوکرَ ے ہوہو کرَ ے ۔ للہٕ وَتھ کو چھے لولاہ برَ ے

تارُکھ ژٕ چھُکھ تارکھ نبکُ ۔ وتہٕ ہاوُکھاۂ انہٕ گٹُ شبُک

گوٚبریا اساں روزُم دوہے ۔ غمہٕ روٚس وِساں روزُم دوہے

شوٚدصاف دل آیِنہٕ چھُے ۔ نَے نفرتےٕ زانگھ نہ دِٕ ے

یمہٕ باشہِ پھولہٕ راواں دِلس ۔ زنہٕ مُشک پرٚ یڈان چھُے گُلس

شوبان کیاۂ چھے اڈٕ کجر ۔ دل خوش کران شہیٚلان جگر

لمہِ کھوکھشہِ ماچھی کوٗ ٹھی تھکان ۔ تھوٚدہے وتھکھ ماچھُکھ درَان

ولہٕ تھپھ کرَ ے کڈواش وتھ ۔ یگہٕ ہچ ہُری اِدٕ آش وتھ

سُہ تہِ بنہٕ دوہا آسکھ دَوان ۔ آنگُن ژٕے آسی گُل جہان

آسکھ مےٚ کوٚٹ یا کور ژٕے ۔ شُرمیون چشمن نُور ژٕے

ینہٕ کانٛہہ تہِ رُت عادت مشی ۔ ینہٕ کھٔے بدی ہنٛز زانٛہہ لگی

دل صاف تےٚ شودتھاوِی زیٚن ۔ پرٛتھ دکہٕ زَداہ رٹنٕ ناوِی زیٚن

یِنہٕ موج بب رنٛجہِ ناوِہَن ۔ کری زیٚکھ قدٕر ریُتھ ہےَ پھولَن

خدمت تہنٛز چھے نیٚا متھا ۔ چھنہٕ بیٚیہِ کنٛے یِژھ دولتھا

انسان چھُکھ انسان بن ۔ کلُ کائینٛاتس شان بن

کوٚرنےَ ہلاکن رُت دُعا

گرٛشہٕ ہاوِی نےَ دَےرٕ ژوتھا



# حسد

حسد لفظُک معنہِ گو اَزِ رُون -تہِ دیتھ گوکانسہِ ہنٛد ارام تہٕ بجائی یا اوڑ زُو وُچھتھ اندرٕی دزُن تہٕ اہنٛدِس وجارٕ تہٕ بہٕ سوکھ گرٛژھنس پٮ۪ٹھ خوش گرُژھن -خداتعالیٰ چھُ فرماوان ''میانِس بندٕ سنٛز بجاییٔ وُچھتھ حسد کرن وول چھُ زنتہٕ میانِس بأگراونس پٮ۪ٹھ ناخوش گرٛژھان''۔

ٹاٹھِس نبی (صلی اللہ علیہ وسلم) سُندُ فرمان چھُ حسد چھُ نیکیَن تِتھہٕ پأٹھی زالان یِتھہ کنٛی نار ہوٚکھِس زِنِس ژٕنی چھُ کران -اما تِتھِس شخصس ستیٚ حسد کرُن چھ جأیِز -یُس خدایہ سندِ طرفہٕ عطا سپٕز مژٕ دولت تہٕ نیٚامت لگُن پٮ۪ٹھ ظلم کرنہٕ تہٕ گناہ کرنہٕ باپتھ خرچاوِ۔

حسد چھُ زِکہِ من ہستم تہٕ تکبّر ستۍ پاۘدٕ گژھان۔ یتھ انسان چھ سونچان۔ یتھ پاٹھۍ نہٕ بہٕ کانٛسہِ کنٛہہ دِوان چھُس۔ تِتھے پاٹھۍ گوٚژھنہٕ خدایس تہٕ کانٛسہِ بیٚیس کنٛہہ دُن۔

کانٛسہِ نِش کانٛہہ رُت چیز یا دولت وُچھتھ یژھن زِ یہ چیز تہٕ دولت گوٚژھ خدایس میٲنہِ سوزُن۔ اتھ چھِ وَنان رَشکہٕ۔ یہ چھُنہ گناہ بلکہِ چھُ جایز۔ تکیازِ اتھ منٛز چھُنہ کانٛسہِ ہنٛدِ نقصانک اِرادٕ آسان۔



# رُت ورتاو

ٹاٹھیو نیکی عملاہ جان

نیکی ستی آسی انسان

وِزِ وِزِ ورتاوِو نیکی

انسان آسِن یا حیوان

بُوزی تَو اتھ پیٹھ میٚنہِ پیو یاد

اسہِ اوس ووستادٲہ باوان

زِنٛی بورانہٕ نے جتگلس کُن

گرِدزاو صحیَ اکھ انسان

تمۍ وچھ جتگلس منزا کھ پوٗژ

کیاہ تام دود آہ للہ — ناوان

پکہٕ ژُک طاقت سوریامُت

اند گُن پیومُت اوٚش ہاران

لتس شخصس آو امۍ سنٛد عار

کھیووٗن روچِھ ہن محبتہٕ سان

پوٗژ ییلہِ ہنہِ ہنہِ ہوشس آو

ون کھوٚت واپس ووٹہٕ ترٛ اوان

دوہہ اکہِ زِنۍ وول ہیٚیہ اوت آو

توٚت اوس تاپھ آہ نوٚن اسمان

زِنۍ وول پٔتھرِس لاینہٕ آو

بوچھتےٚ تاپن کوٚر ازجان

پوٚنژ زنہٕ ہنگہٕ منگہٕ وأتتھ پیٚو

تمۍ وچھُ شخصاہ وُٹھ پھُیشان

ؤلۍ ؤلۍ تس پیٚو یادٕ سہ دوہ

ییلہِ تس امۍ اوس کوٚرمُت جان

گُلۍ تیٖرِس پیٚٹھ لأیِن ووٹھ

میٖٹھۍ موٚ دری گومُتۍ اوان

امۍ رٕتۍ شخصن میٚو ییلہِ وُچھ

کھیٚنہِ لوٚگ اکہِ اکہِ سُے مرٕسان

حیٚس ہوٕ پھیوٕرس اکہِ بیوٕس یاد

پنژی کاکھ ہا پُچھم یارِ جانان

رُت ورتأوِ وپزٕ تھ زُوٕ زأژ

کتھاہ ہلاکن ؤنۍ نوجان

# ماجہ ہنز نصیحت

یمہٕ شُری نہٕ ماںٔلس ماجہ ہنز رٕژ کتھ تہٕ نصیحت مانَن۔ تمہِ چھہِ چھیکرس پشتاوان تہٕ اتھہٕ موران۔

اکھ لڑکاہ یُمس حمید ناو اوس۔ امس أس موج دوہے ونان "گوٚبرا! یمن ناکارٕ تہٕ ناسہٕ ترٚ اسہٕ شُریٚن ستۍ لگہِ نہٕ رِگنُدن تہٕ پھیُرن کمہِ تام دوہہ کیاہ باژوَن یمہٕ ژے ستۍ تہٕ ژھٹھ واتہٕ برٚیٚن تامؔ"۔

مگر حمید اوس نہٕ زانٛہہ تہِ مانان۔

اکہِ دوہہٕ ووت حمید اکس یتھِ سےٕ ناکار لڑکس ستۍ چھُپھی ترٚ اونس تہٕ لیکہٕ لیکھ کرنس پیٹھ۔ سُہ گو شرمندٕ گژھتھ پٹُن گرٕ۔

اما ہُمی دۆیم لڑکن وۆن گرِ گرژھتھ مائِلس ماجہ واریاہ پۆزاپُز۔ تمی سندی مائِلی تُل ژکھ گرِژھتھ محلٕچ محلہٕ تھۆدتہٕ اٗخرس وۆت حمیدٕنس آنگنس منز تہٕ لۆگ امی سندِس مائِلی سندِ ناوواریاہ ناسہٕ ترٛاسہٕ تہٕ بدَ رَدوننہٕ۔ سُہ اوس کرٛ یکہ دِوان ''نیر۔نیبر۔از کرَ ے بہٕ ژے تہٕ چائنس مائِلس سہی تنبہٕ''۔

خدایہ سنٛز مہربانی زِ امہ وِزِ اوسنہٕ حمیدٕن مول گرِ۔نتہٕ واتِہ ہے کتھ خبر کۆت تام۔

موج ہچاٗر گیہِ دم پھُٹ۔ ہۆمس لڑکہِ سُند مول گو یہ بکواس کرِتھ واپس۔تمہِ پتہ ووٚن ماجہ حمیدس ''وُچھتھا وَنیاٚمے نا ناکارٕ تہٕ آوارٕ شُرین ستی متہٕ آستہٕ گنٛدان''۔

حمید گو شرمندٕ تمی کرٕ کنن تھپھ تہٕ پتہٕ اوسنہٕ محلہٕ کین رزیلہٕ شُرین ستی زانہِ تہٕ ووتھان بیہان۔

•◆•◆•◆•◆•◆•◆•◆•◆•

# محنت

محنت بخشان علمُک زیوٗر ۔ محنت قدمس قدمس رَہبر
محنت رُت عادت انسانس ۔ محنت طاقت تانَس تانَس
محنت بخشان بختاوآری ۔ محنت کاسان ذِلّت خآری
محنت ہرِ راوان چھُ عزّت ۔ محنت چھےَ پرٛتھ کارس برکت
محنت اور زُود دوٗر کوٗٹھ تھاوان ۔ محنت چھےَ دل شاد بناوان
محنت زندگی محنت شأدی ۔ محنتہِ بُگےِ گرٛدھ روزُن عأدی
محنت شوٗب تہٕ شان چھ بخشان ۔ محنت رِتی سامان چھ بخشان

محنت چھُنہٕ مُحتاجی تھاوان ۔ محنت ناداوار بناوان

محنت کرِ دوہ راتھ برابر ۔ مُحنتہٕ ستی سپدَکھ افسر

محنت کرِ بوٚڈ سیٹھ ژٕ آسکھ ۔ محنت کر لاچاری کاسکھ

محنت کھَل چھےٚ بٔری بٔری تھاوان ۔ محنت کمہٕ کمہٕ نیامژ کھیاوان

محنت راحت محنت برکت ۔ محنت چھےٚ عزّت تےٚ عظمت

کرِ ہے ہلاکن یہےٕ نصیحت

محنت کر محنت کر محنت



# گرٚید تہٕ کُتجِ

دوٚہا پٕژھ بنان اکھ گرٚیدن وُچھا کھ کُتجِ تھدٕ وُڈوکران تہٕ ووتھس "باسان چھ ژے چھے وُڈوکرنُک سَکھ شوق۔ یہ وَنتہٕ ژٕ کھنٛدِ اِجازتہٕ چھُکھ یُتاہ تھۆد وُڈان۔" گرٚیدس کُن وُچھتھ ووٚتھ کُتجِ تھر تھرٕ۔

گرٚیدن لاٚیس کُنی کرٚیکھ "ہتاے! یٛیلہِ نہٕ ژے پکھن تیژٕ اہ تو ژھ چھے ژٕ کیا زِمے ستۍ مان کران"۔

گرٚید سٕند روب بوزتھ گیہِ کُتجہِ گوڈٕ ژھوپے۔ اما پتہٕ کرِن ہیٚمت لٔجس ونہِ "میاٚنین پکھن چھُ میانہِ جُستہٕ مطابقٕے طاقت۔ خداین یُتاہ ژٕ ووٚتھ پوٚتھ بنوومُت چھُکھ تیوٗتے چھے ژے طاقت تہِ"۔

کتجہِ ہنزٕ یہ کتھ بوزِتھ گوگرٛیدنارونارتہٕ لۆگُس شرارتہٕ ہۆتےٚ وننہِ "بہٕ چھُس جاناوارن ہنٛد پادشاہ۔ ژٕ کتھہٕ پاٹھی چھکھ میانہِ ازنہٕ ورأے وُڈُوَ کران؟"۔

کتجہِ کرٛ بیہ ہَنا ہیمت تہٕ وٕ ژھس "ژٕ کمہِ بنوونکھ پادشاہ۔ پانَے گرٛژھنہٕ پتُن پان زُہٹھ بناوُن"۔

گرٛیدوۆتھُس کو بُتھہِ "بہٕ چھُس سارِنے جاناوارن ہنٛدِ کھوتہٕ تھۆد وُڈان اَوے چھُس بہٕ پادشاہ۔ ہرگاہ طاقت چھےٚ ولہٕ کرَمےٚ ستی وُڈنس مان۔ أتی ننہِ پانَے کُس کوتاہ ہیکہِ تھۆد وُڈوَ کرِتھ۔ زانہِ خداہ کتجہ کتہِ آیہ سوتوژھ تہٕ لجس وننہِ "اِد کیاہ ازیُس زیادٕ تھۆد وُڈو ہیکہِ کرِتھ سۄ گو زارٕ یارأنی"۔

گرٛیدَن تہٕ کتجہِ کۆڈ پکھن واشاہ تہٕ ہۆتکھ ہوہس منزٕ وُڈن۔ کمے کال پرواز گرِتھ چھ کتُج۔ اماسوتُچن زِگرٛیدو سیٚم نہٕ ئرٕی سے وأنسہِ کلہٕ پیٹھہ تہٕ دوہےَ آسیٚم پامہٕ دِوان۔

سوروزوُ ڈوَ کران۔ گرٛ یدس کتہِ پوشہِ ہأ۔ اما پتھ تہٕ روزنہٕ۔ ہیٚمتس کاٚم ہیتھ کھرٛ گرٛ یدس ہوٚ رپہن تہٕ بیٹھ أمی سنٛزِ پکھہِ پیٚٹھ گرٛ یدن دِژ اورٕ یور نظرٕ اہ۔ تہٕ کتج آلیس نہٕ کُنہِ بوزنہٕ۔ سُہ گوسکھ خوش۔ تہٕ سوٚنچن زٕ وٕں چھُس بہ زیٛتھ۔ سُہ لوٚگ لوٚت لوٚت وُڈنہِ کتجہِ بیلہ یہِ وُچھ۔ سوٕ ژھ ئمی سنٛزِ پکھہِ پیٚٹھہٕ تھوٚد۔ تہٕ وُڈان وُڈان کھرٛ واریاہ ہوٚر۔ پتہٕ لاٛیٛنس کُنی کرٛ یکھ۔ ''پکان گرٛ ژھ۔ از گرِ ژھ فأصلہِ۔ بہٕ تہٕ وُچھہٕ ژکوتاہ بہوٗدُر چھُکھ''۔

گرٛ یدن بیلہِ کتج پانس نشہِ واریاہ تھزٕ رس پیٚٹھ وُچھ تِمس سورٕ ییے ترٛ ان۔ تہٕ وٚونُس ''مےٛ مأنی ہار أز کہِ پیٚٹھہٕ گیکھ ژٕ جاناوارن ہنٛز مٔلی کأنٛ تہٕ بہ گوس چون نوکر''۔

یہ بوزتھ ترٛ وو کتجہِ اَسُناہ تہٕ وٕ ژھس ''مےٛ نہ چھُ مِلکأنٛ بننک شوق تہٕ نہٕ چھُم کأنٛسہِ نوکر بناوُنک طمٕاہ۔ اما اکھ کتھ تھاو یاد کأنٛہہ گرِ ژھنہٕ پننہِ کھوتہٕ کم پایہِ تہٕ کمزورزانُن تہٕ نہ گرِ ژھ کأنٛسہِ ہنٛزِ آزأدی زاگُن''۔

# دأے خاأر

پۆنہِ سوۂتکہِ پوشہِ ٹوٗرٕہا

لوٚت لوٚت پھولاں چھُکھ

واش ہُوبرٔگن کڈان

شوبہٕ وُن

پمپوشہِ تن، اُوٗملہ بدن

گوٗرٕ گرُمژٕلِس گرشھان

وُٹھ ژٕ گمہٕ ناوان

گولاٹکی برٕگ جورٲہ

فِرٛستہٕ اُسناہ ماأری موٗند

ماجہِ ہنٛزِ کو چھہِ منٛز بیہتھ

ژٕہہ ژٕہہ دِوان

ہومتیٛا، ہو پوشہِ ٹوٗریا

ماجہِ ہنٛزِ کو چھہ منٛز

راجہ چھُکھ تختس بیہتھ

غم تہٕ پروائی نہٕ کانٛہہ

دوٚس نہٕ کُنہِ یا ٹھوٚرنہٕ کانٛہہ

فِرقہٕ یا ذاتھے نہٕ کانٛہہ

مأری مٔنڈِ ہیوو

سونتہٕ پوشا

ہیوو سور گہٕ ساألأنیا

دوہے روزُم تتھے کنز

بس وسان، دادیو دوکھو نِشہ دوُر

مُشکاوان

اسہٕ ناوان، اسان

دٕیہٕ دگہِ نِشہ دُور، دَے میون تھاۄی نے



# نیک پادشاہ

حضرت عمر بن عبدالعزیزؒ اوس مسلمانن ہنُد اکھ مشہور خلیفہٕ یہ اوس سیٹھاہ نیک تہٕ لوکن ہنُد ہمدرد انسان۔ ہمیشہِ اوس سوٚ دساد تہٕ پاک زندگی گذاران۔

اکہِ دوہہ آو امِس شامہٕ پتہٕ اکھ پوٚژھ۔ امہِ وِزِ اوس حضرت عمرؒ ژأنگی گاشس کیاہ تام لیکھان۔

ہنگہٕ منگہٕ موکلیاو ژأنگِس تیل تہٕ یہ ہوٚتُن ژھیوٚن۔

پوٚژھ لوٚگ خلیفس وننہِ

"حضرت کینہہ چھُنہ پرواے بہ کرٕ پانے ٹھیک تہٕ آنَس تیل ترأوِتھ"۔ خلیفہ ووٚتھُس۔ تُہی تھاوِو تشریف۔ پزِ ہس اتھہِ کأم کرناوٕنی چھُنہٕ جان"۔

امی کوٚر عرض ''تیٚلہ آنن بہٕ تہنٛد نوکرنا دِتھ''۔ خلیفہٕ وٚوتھس وٕلی

وٕلی ''نہ ۔ نہ تِمس بچارس دِیو آرام کرنہٕ ۔ سُہ چھُ دوہس کأم

کرِتھ وُنی وُنی شونگمُت ۔ بلکہ گرٕ ھیٚس ننٛدِ رناش'' یِی ونان ونان

وٚوتھ خلیفہ پانہٕ تہٕ اوٗنن ژأنِگس تیل ترٛأوِتھ۔

پوٚژھ وٚوتھُس ''حضرت توہہِ کیازِ کوٚرِ یُوت تکلیف''۔

خلیفہٕ وٚوتھس درجواب ''اِد ووں کیاہ گو۔ یہٕ کوسہٕ بڑ کأماہ اٗس۔

یمہِ ساتہٕ بہٕ ژأنِگس تیل ترٛ اونہِ گوس تمہِ ساتہٕ تہِ اوسُس بہٕ عُمر۔

تہٕ ییلہ ژأنِگس تیل ترٛأوِتھ واپس آس وُنی کیٚن تہِ چھُس بہٕ

عُمر ۔ مےٚ کوسہٕ فرق پیٚیہِ''۔

پرٛھس گیہِ یہِ جواب بوزِتھ ژھوپہٕ۔

ٹاٹھیو ۔ تھدِس درجس واتتھ تہِ گرِٕ ھہ نہٕ رژر مشراوُن۔

◆◆◆◆◆◆◆◆◆◆◆◆◆◆◆

# بونۍ

تاپہ کرٚ ایَن منز شہُل شہجار بونۍ

ترِ ترِ نیٚارس موٚ دُر پنہٕ نار بونۍ

مأرۍ منز تے مایہ ہُش وسُوار بونۍ

شُوبہٕ وِنۍ پنہٕ گنۍ چھَ قدراوار بونۍ

دوُر رتا متھ سایہِ تھاوان آیتَن

رُودِ شرٚ انٛین منز شُبان چھَج دار بونۍ

سانہِ تھزرچ، عظمتچ مولہٕ وِنۍ مثال

تھٔز بُلند، بالاتہٕ باڑو دار بونۍ

سونتہٕ وِزِ سبزا سبز مخمل ولاَن

ہردِ کالس زرِ دنارو نار بونۍ

ہارِ نس تاپس اندر باساں ہلال

جنٛتک آرام تےَ اظہار بونۍ

# ژۄر

رِسٚیس پتہٕ ژاے ساری شُری بٚیہ کلاس منٛز تہٕ بیٹھی پَنہٕ پَنہٕ جایہ۔
ماشٹر جی تہِ ژاوتہٕ لۄگ پرٛناونہِ۔ اتھی منٛز گوہنگہٕ منگہٕ اکھ لڑکاہ تھۄد
وۄتھِتھ تہٕ لۄگ ونہِ " سَر! مےٚ چھُ کمی تام پنسل ژورِ نیُومُت"۔
ماشٹر جی ووتھُس " یَتھ کلاس منٛز چھُنہٕ کانہہ ژۄر۔ ژے آسی
پنسل گرِ مشِتھ گۄمُت" لڑکہ لۄگ ونہِ " سَر۔ رِسٚیس برٛ ونہہ
اوسُس بہٕ تمی ستۍ پیٚتھی جایہ لیکھان۔ تہٕ انْدری پکی لڑکہٕ تہِ آسِ وُچھان"
ماشٹر جی ووتھ سارنےٚ لڑکن کُن " سأری وُچھو سۍ پنہٕ نٚین بیگن منٛز۔
کأنسہِ ماچھُ الغأبہ امی سُند پنسل تلُمت۔ سُہ دِیو واپس"۔

سارِوے وُچھ پنہٕ نێن کتابہٕ بیگن منز۔ مگر پنسل دژٕ اونہٕ کانسہٕ نش۔
امہِ پتہٕ وُتھی سأری لڑکہٕ تھوٗد تہٕ لگی ونہِ ''سر۔ یمہِ ساتہٕ أسی کلاسہٕ
منز دژ اے۔ اسلم اوس اندرَے بیہتھ سُہ دژ اونہٕ رِسێس وِزِ گژھنے۔
تمی سےٕ آسہِ خبر زِ پنسل کوٗت گو''۔
ماشٹر جیَن پرٛژھ اسلمس ''ییٚلہِ شری رِسێس دژ اے ژٕ اوسکھا
اندرٕ ے بیہتھ؟''
''آ سَر! بہٕ اوسُس پیٚتی'' اسلمن دِتُس جواب۔
''ژے اوسیا امی سُند پنسل وُچھمُت''
''سر۔ وُچھمُت اوسُم۔ اکھُتے اوس سہ پنسل تمہِ وِزِ کتابن پیٹھے''
ماشٹر جی لوٗگس پرٛژھنہٕ ''ژے ماتُلتھ''۔
اسلمن ووٚنس پوٚز ''نہٕ سَر مے تُلنہٕ''

ماشٹر جیس اٚس خبر زِ اسلم چُھنہٕ اپُز ونان " تمہِ کرٕ ژھوپہ ژورِ بجہ گیہ چُھٹی تہٕ شُری لگی وتہِ وتہِ پنسلہٕ چی کتھاہ کرنہِ۔ تمہٕ اٚسی سأری ونان زِ اسلمےٕ چھ ژوٗر۔

دٚویمہِ دوہہ لۆگ بیا کھ لڑکہٕ رسٚیس پتہٕ تھۆد وو تھتھ ونہِ "سَرمے چھُ ربَر روومُت" ماشٹر جی تہٕ لڑکہٕ لگی اسلمَس کُن وُچھنہِ۔

کینٛہہ لڑکہ وٕتھی تھۆد تہٕ وونُکھ "ازتہٕ ییٚلہِ اسی رِسٚیس منز نٚیبر درٚ اے اسلم بیوٹھ کلاسہٕ سےٕ منز "اکھاہ ووتھ ییمو منزٕ" ربر چھُ تہٕ اسلم نےٕ نبُمت"۔

ماشٹر جین کۆر امس لڑکس سکھ روب زِ اسلم چُھنہٕ ژوٗر۔ پتہٕ لۆگس ہنا نرمی سان سمجاونہِ "اٚچھوٗ چھنہٕ ورأے گرٕ ھنہٕ کأنسہِ ژوٗرٕ ہانژہ لاگنی۔ اسلم ہے ژے دوس چھے۔ ہر گاہ سُہ الغابہٕ ربرتُلہ ہلُسہ ونہِ ہاضرور" چھُٹی پتہٕ گرٕ گرٕ ھَن وِزِ کۆر سارو ے لڑکو فأصلہ زِ أزی کہِ پٚیٹھہِ کرِنہٕ اسہِ منزٕ کانہہ تہِ اسلمس ستی کتھ "

ژورمہِ دوہہ رووا کس لڑکس رنگہٕ بُرش۔ ازتہِ لأج شرُیوٚ اسلم سےٚ ژوُرٕ ہانژھ۔ اکھ لڑکہ ووتھ تھوٚ دتہٕ لوٚگ ماشٹر جیس کنس تل لوٚت لوٚت وننہِ "سَر ازتہِ اوس اسلم رِسیٖس وقتہٕ کلاسہٕ سےٚ منز بیہتھ ۔ مےٚ چھ پوٗرٕ پڑھ زبرُش آسہِ امی سنٛدِ سےٚ بیگس منز ۔ اِمس کرِو تلأشی"۔ ماشٹر جی اوسنہٕ تمس تلأشی کرنی یژھان۔ تمس اوس یقین زا اسلم کرِنہٕ ہرگزتہِ ژوُر۔ توتہِ ووتھ سُہ لڑکن کُن "توہہِ منزٕ یُس اسلمس ژوُر چُھ زانان ۔ سُہ کرِن امی سنٛدِس بیگس تلأشی ۔ اگرتمس نش برُش درٛاو بہٕ کرٕ اِمس سکھ نہیبہٕ"۔ اما کانہہٕ لڑکہٕ آونہٕ برٛ وٕنہہ کُن ۔۔

ماشٹر جی لوٚگ اسلمس وننہِ "ژٕ ترٛ اوپنُن بیگ دٕ نتھ۔ تُھ یمن پڑھ بیٚہہ" ۔ تمی ترأوی سأری چیز بیگہٕ منزٕ پھرِ تھ تہٕ پتہ ہوٚتن وَنن سَر ۔ بہٕ چُھسنہٕ ژوُر امأ مےٚ چھُ ژورٕ سُنٛد پےٚ کوٚ ڈمُت ۔۔

دَسر۔ تہٕ آنہٕ ناؤوِ تو کُنہِ جایہِ بیِل یا کھأنؠ بہٕ دِموتو ہہ ژٕ وُررٕ ٹھ تہٕ
پانٔے نیرن سأری چیزٕ نٔی ‘‘ ۔ یہِ بوزِتھ گے سأری لڑکہٕ تہٕ ماشٹر جی
حأران تہٕ لگ اکھ اکس کُن وُچھنہِ۔

تامتھ آنہٕ نوو ماشٹر جیَن اکس لڑکس اتھہٕ کنہِ تام بیِل۔ بیِل رٹان
رٹان ووَن اسلمن ’’ ژٕ وُرِ چھُ رِ سئیس وقتہٕ کلاس خأ لی وُچھتھ
یوان تہٕ ڈیسکو پیٹھہٕ لوٚتی لوٚتی چیز تُلِتھ نِوان ۔ مےٚ لوٚگ اَمس ژٕ وُرٕ
سُند پَے أزی۔ سُہ چھُ کلاسہٕ چہٕ ٹمہِ لبہِ منز وأج بناوِتھ روزان‘‘۔
اسلم ووت گگروأج نِش۔ ماشٹر جی تہٕ لڑکہٕ آے اَمس پتہٕ پتہٕ۔ تمی
ہوٚت وأج نِش کھُنن، فُٹہٕ جوراہ کھنِتھ ژٕ وٚل امہِ منزٕ گگر۔
کینٛہہ شرِ لاریے اَمس پتے۔ باقی لڑکو کڈی اتہٕ پنٛنی رأوی متی چیز
نظرِ۔ گگر آو مارنہٕ تہٕ رووُمت سامانہٕ لوٚبھ۔ سأری لڑکہٕ أسی وِن
اسلمس مأنی منگان تہٕ ماشٹر جی اوٚسُس شابش کران۔

محمد اسلم زندا باد۔

# صفائی

گۆ بریا تھاوئہ تن من صاف ۔ اتھہٕ، کھور، بُتھ، گن، گردن صاف

دنٛدٕ وۆٹ صُبحے چھۆل ۔ شامَن کرتَن بێیہ ہن صاف

بدرٛنگ ہێرٕ بۆن اکھا کھتان ۔ تھاوُن فرموو ذاتن صاف

بیہنٛج جاے تہٕ گُٹھ، بستر ۔ ژھۆٹ بوز تھاوٕنی ہن ہن صاف

گرٕ ہێتھ آنگن اۆنٛد پۆک وَتھ ۔ کرتکھ صُبحن شامن صاف

اۆرزُ ودۆر کۆٹھ روزان پُور ۔ تھاوِو بانہٕ تہٕ برتن صاف

دادێن چھ گرژھان پانے لار ۔ گوڈٕ گرٕژھ آسُن کھێن چێن صاف

پلوس تێنہٕ زٕرٕ ناوُن مَل ۔ صابَن چھاٲوِتھ کرتن صاف
صافٕے تھاوُن سوٗنچ پنُن ۔ پرٛتھ کانٛہہ کتھ زیوٚ کڈتن صاف
حسدس یِنہٕ دِکھ جاے اندرٕ ۔ اِدٕ ہو روزی دِلہٕ ہَن صاف
اپُزتہٕ زانُن گرٛدھ مکریر ۔ امہٕ نشہِ تھاوِنی زیوِٚ ہَن صاف
چھُکھ ژٕ ہلالٓس ٹوٗٹھ لگے
یِتھہٕ ماوٕنی نَے کتھِ ہن صاف



# اکس رزِ لمہو

کتھ چھ پرانہِ زمانچ۔

دپان اکہِ دوہہ اُس کوتر کھیجاہ اکھ اسمانٔی وُڈان۔

تمہ اُسی بوچھہِ ہتر تہٕ اُسی اور یور پھل ژھانڈان۔

اُتھی منز پئیہ تمن بوٚن کُن نظر۔ زمینس پیٹھ اوس اُکی شکاری زال وہرووُمت تہٕ اتھ منز پھل چھکرِتھ ترٛوومُت۔ کوترٚ ویٚیلہ پھل وُچھ۔

تمہ وٕتھی نبسٕگاہ بوٚن تہٕ لگی پھل کھینہِ۔ اماہنگہ منگہ گئے ساری زالس منز تتھِ کنی بندٕ زِ تمو ترأو بچنچ برانتھے۔

کھٔن گوکھ مشتھ تہٕ ہٹس زنہ تہٕ لوٚ گُھ کانٹھ۔ سونچان اُسی وون کیاہ کرو۔

کوترن ہنٛد زٕٹھ ووتھ یمن کُن ''اکھ وتھ چھ زِ ہرگاہ تھٕ ساری یکہٕ وٹہٕ

یتھ زالَس جوٗنٹھ دِیو أسۍ ژٕلو شکاری سندِ یوٚت واتنہٕ برٛونٛہہ۔

تہٕ پتہٕ نیرو کُنہِ جایہ وأتتھ اکہِ اکہِ زالہٕ منٛز۔''

کوترن آیہ زِ ٹھکۍ سنٛز یہ کتھ براہ۔

تِمو دٕت یکہٕ وٹہٕ کُنۍ جوٗنٹھ تہٕ ژٕلۍ زال ہیٚتھ۔ییٚلہ شکاری آو تِمو وُچھ

زِ کوتر أسۍ زال ہیٚتھ پیٚٹھۍ کُنۍ ژلان۔ سُہ لوٚگ اتھہٕ مُورنہٕ۔تِمو زون زِ

یکُت چھُ طاقت۔

پتہٕ دزاو ژھرِ وے اتھو گرِ کُن۔ دٕیمہِ دوہہٕ وہرووُن بیٚیہٕ زال۔کوتر

ژٕلۍ امہِ دوہہٕ تہِ زال ہیٚتھ۔اما شکاری ہارنہٕ ہیٚمت۔

اکہِ دوہہ تِھے کوتر زالس لگۍ تِمو ہیٚژ پانہٕ وأنۍ ژٕونی۔سأری أسۍ ونان

زِ میانۍ طاقتہٕ ستۍ چھُ زال یلہٕ گژھان۔تکیا زِ بےٚ چھس زیادٕ زورٕ

سان لمان۔

یمہٕ أسۍ یہےٚ دوگنٛھ کران زِ شکاری پیٚو وأتتھ تِمو دوٚٹ زال کوتر

بٔرِن پھوٚتِس تہٕ دزاو گرِ کُن۔

# گاٹُل کاو

ترٛیش لٔج کاوِ کاکس تہٕ لولو

نارگوٚنٹڈٕنس جِگرس تہٕ لولو

اکہِ انٛدِ پھیران مأدانن

بیٛیہِ انٛدِ کھوٚت بالَس تہٕ لولو

وأتِتھ پوٚارِکس باغس منٛز

وُچھنَے پرٛتھ طرفس لولو

آبہٕ نوٚٹاہ اکھ اندگُن اوس

وُچھتھےٚ پھیورُس حیٛس تہٕ لولو

ژکہِ اوس آب اَتھ بانس کم

توٗنت ما اتھ واتیس تہٕ لولو

سوٗنچان کیاہ کرٕ گرٕ ژھ کتھ کُن

وَر چھُم تقدیرس تہٕ لولو

اتھی منٛز سوٗنچِن اکھ تدبیر

عَقلاہ ہِش آیَس تہٕ لولو

نکھٕ تلہٕ اکھ کنہِ ڈیرٛاہ اوس

ترٛاوان گو بانس تہٕ لولو

آب کھوٚت ہوٚر چیپہِ نَے تریشاہ

ہوش آو کاوِ کاکس تہٕ لولو

ترٛیشہِ یڑٕ پوٗرٕ پاٹھی ییلہِ آیس

کھوٚت وُڈان اَسمانس تہٕ لولو

ہلالہٕ یہ ہا اوس گاٹُل کاو

شابش گاٹہٕ جارس تہٕ لولو

# اَسوِتہٕ لسوِ

أکی لڈکن پرُژھ پنہٕ نِس دوستس
"ژکر چھُکھ شیوکران"
سُہ ووٚ تھُس
"بہٕ چھُس دوہَس کمہٕ کھوتہٕ کم ژٕ تجہہ شیوکران"
"باسان چھُ ژٕ گرٕھکھ سکھ یاوٕ آسُن ۔ نتہٕ چھُکھ ٹرَ ونان"
سہ ووٚ تھُس درجواب "نہَ ۔ نہَ ۔ بہ چھُس دراصل نآوِدکأم کران"

اکھ نفر: کیاٚ حَض یہ غزل چھا تو ہہِ پانہٕ لیچھمژ ؟

دوٚیم : آہن سہٕ اِدٕ کُس لیکھہِ ہا۔ امٕک اَکھا اَکھ لفظ
چھُم پانہٕ لیو کھمُت

گوڈنکُ: ہتہ حَض مہجور صائب۔ بہ گوس تہنٛد ملاقات
کٔرِتھ سیٹھاہ خوش مے اُس راے تُہؠ چھوِ
وراٚیاہ کال برٛ ونہہ رحمتِ حق گأمتۍ۔

○

رشید (نذیرس) : یہِ وُنتم تہنٛد مکان کتھ جایہِ چھُ۔

نذیر : مشیدِ نکھے۔

رشید : اما مشید کتھ جایہِ چھُ۔

نذیر : سأنِس مکانَس ہمسایہِ۔

رشید : ہتا یارٕ سو مشید تہٕ تہنٛد گرٕ کتہِ چھُ

نذیر : یارٕ ووٚ نمے نا۔ دوشوَے چھا اکھ اِکس نکھہٕ۔

اکھ شأعراہ اوس تہٕ تخلُّص اوسُس زخمیؔ ۔ اکہِ دوہہٕ گوسُہ پننِس اکِس دوستہٕ سُنْد گرٕ۔ توٚت وأتتھ دتُن دروازس ٹُھکھ۔
یہ دوس اوسنہٕ امہِ وِزِ گرِ۔ ای ہنزِ خاندارنہٕ پرٕژھنس اندٕ رٕے
"کُس باپُھوٕ ؟"
شأعروو ؤنُس "بہٕ چھُس زخمیؔ "
دوستہٕ ہنزِ امہِ خاندارنہِ لأیِنُس اندرٕ رٕے کرٕ یکھ
"ہتہٕ باژٕ چھُکھ ٹُھٹُھ لوٚ گمُت ۔ ہسپتال ہباچھے کرٕتام قدمے برٕ ونہہ کُن"۔

اکھ یار چھ بٕیٚس یارس ونان "مےٚ ونتہٕ ترٛٹھ سبیلاہ زِ مےٚ گرٛھی لُو کھ مرنہٕ پتہٕ تہِ یاد کرن"

یہِ وو تھُس "اِدِ یہِ کو سہٕ بڑٕ کتھاہ چھ۔ ژٕ بیتِیاہ لُوکھ زانہکھ تِمن سارنیٚ نِش آن رو پیہِ وو زُم تُلِتھ اِدِ سارِنیٚ آسکھ ہر ہمیشہِ یاد پیٚوان۔

ووستاد : ٹاٹھیو بچو ! گومُت وقت نبا چھُنہٕ پوٚت پھیران۔

اکھ لڑکہٕ : ماشٹر جی ! تیٚلہٕ کیا زِ چھُ سکول یِنگ وقت دہ بجہِ صُبحس دہہِ بجہِ پھیری پھیری یوان۔۔



# یکُت

ڈِلوٹاٹھیٚو دِلیلاہ اکھ بہٕ ونہٕ مَو ۔ نصیحت اتھ اَندر اکھ جان ہاچھوَ
نچوِ ستھ مرٕ دپان شخَص اکِس بےَ ۔ صیٚحت مند چاکھ، چالاکھ اٲسۍ ستہٕ وَے
املستہٕ وَے ژُوان تمہٕ راتھ دوہ اٲسۍ ۔ ژوان تے بس کھیٚوان بےَ برٕی برٕی کھاسۍ
نہ کانٛہہ کاماہ نہ کاراہ بس لڑاٰیاہ ۔ یہٕ ڈُچھ وُچھ مول گو دیوانہ پھلواہ
کوٚرن کوتاہ یمن گوٚژھ نیاے موکلُن ۔ لگنۍ گرٕ ڈھی کامہِ کارس تےَ گرس کُن
مگر جاہِل ژُوَل بارٕ نی نہ بوزان ۔ لڑاین ہنٛد نہٕ تمہٕ انجام سونٛچان
اِنن بیٚیہٕ برٕ وٕنٛتھ کُن دوٚپنکھ ہاٹاٹھیٚو ۔ ژوان متہٕ اٲسۍ توَ لعنت یہ ہاچھو

اگر بیٚون بیٚون گرٕ ھوراو ٹھ کہن گاو ۔ یکُت کری تو بیٚو طاقت ہُر ہو باو
اما تمہٕ بوزہن کتھ ہٕ خر سر آسی ۔ تُجھ اللہٕ گڈ تہٕ ملہٕ گڈ اسی ونہٕ وٲسی
یہٕ وُچھ یِیلہٕ مالی اندری نار گوٚنڈنس ۔ دوٚپُن کرٕ کیاہ علاج اتھ وُلٹہٕ مرضس
اَنِن یمہٕ نادِ دِتھ اکہٕ دوہہٕ ولوِئہ ۔ اکھ اکھ لُور آہ مگر سارٕی آٮ۪نہٕ
سمیے ستہٕ وے ببس اندی اندی وِن سارٕی ۔ اتھن منز لورِ ہیٚتھ کینہہ کال پز آری
دوٚ تُھکھ پھٹر آوی تو ووٚنی پن پننی لُور ۔ تہٕ یکدم اون حکم سرِ وے بجا پُور
وِن دوٚ پنکھ بیٚیہٕ اِنوا کھ لُور پرٕتھ اکھ ۔ اما یکہ وٹہٕ تھوِ ورِ زِ منز گنڈ تھ سُکھ
تھوٚیکھ گنڈ دِتھ پتھر یِیلہٕ لور ستہٕ وٕے ۔ ووٚ تُھکھ پُھٹرِ ہو سۓ گٔچھ ہنز لورِ سارِیے
لگوٚ کھ زور اما گیڈ پُھٹنہٕ مُولَے ۔ کھرٕ کھ سکھ شاٗنش کران سارٕی چھ ہَے ہے
تھکِتھ مالِس وٚونکھ یِنہٕ باچھ ممکن ۔ یہٕ گیڈ باسان چُھنہ پُھٹرِتھ ہیکن جن
سیٚٹھاہ خوش مول گو دوٚ پنکھ یہ چھوکتھ ۔ یکُت چھو نیا متھار ئی تو نصیحت

یوٗ تامتھ لورستہٕ وٕ ے آسہٕ بوٚن بوٚن ۔ ہیٚکاں پھٕٹرتھ یمن اوس پرٕتھ کُنۍ زوٚن
مگر یٖیلہِ گوٚ یکُت سرِ نٕے وِں یک جا ۔ یمن کیاہ پوشہِ کانٕہہ سہلی کتھا چھا
اگر بوٚن بوٚن گرٕ ہو کمزور سپدٕ و۔ ئرٕ ے پرٕتیتھ راوٕ یم ہأرو
گِندٕ پرٕتھ کانٕہہ اکھا ٹھونچن لگو کتھ۔ یکُت آسوٕ تہٕ کُس پوشوسو چھا کتھ

نصیحت کرٕ ہلاکن تھاوِو تو یاد
یکُت تھأوِتہٕ روزِو شاد آباد



# بدکلامی ہنْد سزا

شوکت تہٕ نذیر ٲسی دہمہِ جماژ پران۔ یمہٕ ٲسی پانہٕ وٲنۍ سکھ یار یار۔ تہٕ ٲسی پرٛنَس منز سارِنے سُرس مانَنہٕ یوان۔ شوکت اوس بڑِ گرُک تہٕ پاپر جاہ مالہِ سُندہ نِچُو۔ اما یہ اوس پننہِ مرضی ہنْد مالکِ طفلہٕ تہٕ روپیہِ وۄتھ۔ مول اوسُس دولت مند آسنَس ستۍ سیٹھاہ مغرُور تہٕ بے رَحم۔ سُہ اوس پننہٕ نٔین غریب نوکرن ہمیشہِ ستاوان۔ کتھہِ کتھہِ پێٹھ اوسکھ بوٚ آری تہٕ مار گزیدِ کران۔ مالِس کُن وُچھتھ اوس شوکتن تہٕ یُتھے کینہہ ہوٚ چھُمت۔ سُہ تہِ اوس لوکن لٔیکہ پَران تہٕ وتہِ پکہٕ وٚنین ستۍ لایہ لُور کران۔

گرِ کیٚن نوکرن ستۍ اوس پرٚتھ وِزِ ژُوان تہٕ تمن بد رَد ونان تہٕ لایہ لاے کران۔ اما نذیر اوس سیٹھاہ رُت، نرم دل تہٕ سونچہ سمجہِ وول سُہ اوس پرٚتھ کانسہِ ستۍ رُت کلام کران۔ مول تہِ اوُسس شریف تہٕ تمۍ اوُسس وِزِ وِزِ رُت بنہٕ ٹک باڈ باڈ کوٚرمُت۔ مالۍ سندۍ امۍ تربیتَن کوٚر نذیرس ثُبتھ اثر زِ سُہ اوس انسانن ستۍ ستۍ تمام زُوٕ ذاژن تہِ رُت ویوہار کران۔ اکہِ دوہہٕ آسۍ یمہ دوٚشوے شوکت تہٕ نذیر کتھ تام گُن یکہ وٹہٕ گژھان یمَو وُچھ شہرَکس ژُوٕ تِس پیٹھ اکھ موزُور آہ لُوکن اتھہٕ داران۔ تمۍ یِیلہِ یمہٕ زِلڑکہ پانس برٚ ونِہ کنۍ نیران وچھ سُہ لوٚگ تمن خاٗراتھ منگنہِ۔ نذیرن کڈ ڈٕلۍ ڈٕلۍ چندٕ منزٕ اکھ روپے تہٕ دِژن فقیرس۔ تہٕ ستۍ وڈتھس "بابا بیچھن چُھ گناہ۔"

شوکتس آسہِ چندس واریاہ روپیہِ اماتھی دِہُت نہٕ اَمِس موزُورَس کینْہہ۔ امہِ بدلہٕ لۆگس بَدرَد وننہِ۔ تہٕ کۆرنس لیکہٕ اَٹھکار۔ ''کولہٕ بے شرمہ، حرام زادٕ، بدماشہِ'' یمہٕ لیکہٕ بوزِتھ کھوٚت فقیرس شرارت۔ پۆز سُہ کیاہ ہیکہِ ہاکرتھ۔ امایہِ ہَن ونِنس ''گۆبرا۔ زنگہِ کنِہ چھُس موزُور۔ بیچھنہٕ ورأے کیاہ کرٕ'' یہ بوزِتھ گیہ شوکتس اُچھ نارٹأ کِہ ہشہِ تہٕ وۆتھس ''بدبختہٕ زنگہٕ نَے چھے اتھو کرِ زِ ہے کأم''۔

فقیر لۆگس گُلہِ گنڈِتھ وننہِ ''گۆبرا۔ تٕہی چھِو امیر۔ تُہی دِی توم کانْہہ کأم، اَہ یوسہٕ بہ کرِتھ ہیکہٕ ہا''۔ شوکت گو یہ بوزِتھ زیادے نار و نار گوڈٕ کجنس یَڈ بَرِتھ لیکہٕ پتہٕ تُجن امی سنٛزٕ ے لور تہٕ ہیوٚتنس لاینٛ بیچھہ وِنٛزون نہٕ چارٕ تہٕ لۆگ پتھ ژلنہِ۔

اما اکس زنگہِ پیٹھ دریاوںہٕ ووٕدِنؠ ۔ تہٕ آونیسٕ گاہ پتھر لاینہٕ ۔ نذیرن
ہیژ اوامس بچاو کرن ۔ مگر فقیر آونکھہٕ تلہٕ کس آبہ تلاوس منز لاینہٕ ۔
تلاواوس سٕر ون ۔ سکھ ترآسنہٕ کنؠ ژایہِ موزورس زال کریکہٕ ناد
بوزِتھ گےَ اتہِ واریاہ لوکھ جمع ۔

تِموَ کھول فقیر اتھہٕ واس کرِتھ بوٚٹھ ۔ تِمس اوس آب نیٚگلِتھ گومُت ۔
یمہٕ کنؠ سُہ مرِتھ گو ۔ پُلسَس آیہٕ شیچھ کرنہٕ تہٕ تِمونوٚ شوکت گرفتار
کرِتھ ۔ امہِ پتہٕ لوٚگ مُقدمہٕ تہٕ عدالتن دیُت شہادت بیترِ رٕٹِتھ
شوکتس عُمر قاٗدُک سزاہ ۔ وِں اوس یہوے تیشل تہٕ بدمزاز انسان
جیلس منز ہوژان ۔

اتھی وقتس منز اٗسی تمس مول موج تہِ مرِتھ گمتی ۔ تہٕ سُہ اوس پننہ
بدکلاٗمی تہٕ ناکارٕ عادتن ہنٛد سزاہ تُلان ۔۔

# یݸڈل ہَبا

أمِس وُچھتھ ژلان سٔری

کھیٚوان چھُ ٹاکی بٔری بٔری

بتکۍ تھوان چھُ لیٚلو ژھری

یݸڈل افو یݸڈل ہَبا

کران دوٚہَس نہٕ کاٚم اکھ

دِوان فقط کھیٚنس چھُ ٹٲکھ

وُچھان چھُنہٕ یہِ ٹوٚٹھ تلخ

یݸڈل افو یݸڈل ہَبا

یمِس تھپھا ہو مِس تھپھا
کران ما کھینس تھکھا
امِس چھ بس کھینچ کتھا

یڈل افو یڈل ہبا

وُچھان یتہِ چھُ واز وان
بیٔہ سالی چھُے توتے دوان
ریتس نہٕ اِد تھپھے ٹلان

یڈل افو یڈل ہبا

یہِ کینہہ پییس تہِ چھی کھیوان
نہ پتھ وُچھان نہ بر وتھہ وُچھان
ہلال اتہِ چھُ کن رٹان

یڈل افو یڈل ہبا



# زُونہِ کُن سفر

اکہِ دوہہٕ آو امریکہ ہکُ اکھ بۆڈ دولت مند جیکب ناؤوی شخصاہ ہندوستان۔ تمۍ سوٚنچ بہٕ سوز کھ یتکِی کینہہ نفر زونہِ پیٚٹھ بسنہٕ باپتھ۔ ییلہِ نہٕ کانٛہہ شخص توٚت گژھنہٕ باپتھ تیار گو۔ تمۍ سوٚنچ زِ بہٕ دِمہ کانٛسہِ تِس غریبس روپیہِ یُس اتھہٕ چھوٚن آسہِ تہٕ زونہِ پیٹھ بسنہٕ خاطر راضی گژھِ۔ اِمس سمکھی ترٚ ے غریب شخص۔ یمہٕ امہِ کامہِ باپتھ تیار گئے۔

جیکب :۔ (گوڈِنکس شخصس) وَن سٕہ بابا۔ ژٕ کوتاہ رقم رٹکھ زُونہِ پیٹھ گژھنہٕ باپتھ۔

گوڈنِک شخص :۔ بہٕ ہیٚمےَ داہ لچھ روپیہ۔

جیکب :۔ اما۔ ژٕ کیاہ کرکھا تھ رقمس۔

گوڈنِک شخص :۔ بہٕ ییلہ زمینہِ پیٚٹھہٕ نیرٕ۔ یہ رقم تھاوٕ پننِس عیالس خرچہ باپتھ۔

جیکب (دۆیمس کُن) :۔ ہرگاہ ژٕ زُونہٕ کُن سوزنہٕ یکھ ژٕ کوتاہ ہیٚکھ۔

دۆیِم شخص :۔ بہٕ ہیٚمےَ امہِ باپتھ وُہ لچھ۔

جیکب :۔ ادئہ۔ تہٕ ژٕ کیاہ کرکھ یمن روپین؟

دۆیم شخص :۔ ہرگاہ بہٕ تور گژھہ۔ داہ لچھ دِمہٕ گرِکین۔ تہٕ داہ لچھ تھاوٕ تہندِ ناوٕ بنکس منز ڈپازٹ۔ یتھ یہ رقم وقتِ سختی حاصل کرن تہٕ بہٕ تہِ روزٕ فکرِ رۆستے۔

جیکب (ترٛیمس شخص) :۔ ون سأ دوستا۔ ژے کوتاہ گژھی اتھ سفرس پیٹھ گژھنہٕ باپتھ آسُن؟

ترٛیِم شخص :۔ بہٕ ہیٚمےَ اکی کتھہِ ترٛہہ لچھ۔

جلکیب :۔ پۆزیہ وتم ژِ کتھ کنۍ خرچاوَ کھیمہٕ پۄنسہٕ؟

ترٛیٛم :۔ وُچھِو جناب دٲہ لچھ دِمہٕ عیالس۔ دٲہ لچھ
تھاوِ سختی ہندیٚن دوہن کُہت بنکس منز تہ
دٲہ لَچھ دِمہٕ گوڈِ نکس نفرس تۆت گرٕھنہٕ
باپتھ۔ تکیازِ سُہ چھ دٕہن لچھن پیٚٹھ تۆر گرٕھنس
تیار۔ اِد پانہٕ روزبہٕ نٔین شُریٚن باژن ستۍ ارامہٕ تہٕ
عاشہِ سان پیٚتھی زمینہِ پیٚٹھ۔



# علمہٕ گاش



علمٕے گٹہِ منٛز گاش خدایا

علمٕے جہلس ناش خدایا

اَنہٕ پَر پکھہٕ پھٹ جاناوارٕ ہ

کیا کرِ کتھہٕ کڈِ واش خدایا

اَنہٕ پرزانیاؔ حق تَے ناحق

علمٕے داش نَداش خدایا

بہٕ تہِ کرٕ علمُک شَمہا روشن

بہٕ تہِ وُچھ علمُک گاش خدایا

میٚتہٕ پرٛ زلاوہلال بنٲوِتھ

بہٕ تہِ سرٕ ہا آ کاش خدایا



# اکھ دلیل

عبداللہ اوس یتیم تمِس اُس ساجہِ نأوی پننی ماس رَچھان۔ یوسہٕ سیٹھاہ امیر أس تہٕ شُر اہ مُراہ اوسُس نہٕ کینٛہہ۔ تمِس اوس عبداللہ سکھ ٹوٹھ۔ کینٛہہ کالاہ گژِھتھ گیہِ ساجہِ مرِتھ تہٕ اہنٛز ساریٛ دولت آیہِ امی سندِس امِس بیٛنتھرس اتھہِ۔۔

عبداللہ رود ماسہِ ہنٛدِس جادادس چھَل دَل کران تہٕ بیٛو ایہِ خرچاوان یتھہِ کنی موکلاو تمی یہ سارے ٹھینٛٹھ میٖٹھ کینٛژ نےٚ ریٚتن منز۔ سُہ گوسخ پریشان تہٕ لوگ کوٚنجن۔

گامَس منز اوس رحمان صاًب ناوی ارژ کال بُزرگاه روزان ۔ عبداللہ گوتمی سےۭ مشوٗر منگنہِ ۔ امہِ زیرک بزرگن سوٗنچ رژِھ کھنجہِ تہٕ پتہٕ ووتھُس "بہ دِمے مشوٗر زِژ کرِیتھ رتہٕ خدایَن ہےَ پوٚژھ سوٗرے گژِھ ٹھیک" عبداللہ آو گرِ تہٕ کیٚنژِ کالی کوٚرُن ارِکس غریب امانیک کورِ سیتۍ کھانٛدرَ ییہ مہرٕنۍ جمیلہٕ اُس سکھ دا ناہ۔ اُمِس توٚر کژن تام دوہن منز پننِس خانہٕ دارِ سُند مزاز فکرِ ۔ سوٗ ژھ عبداللہ ہَس "مےٚ چھےٚ پتجہِ وونہِ تگان ۔ اماژ دِتہٕ مےٚ گاسہٕ بیترِ اُنتھ" یہِ بوزِتھ گو عبداللہ خوش تہٕ یہِ کیٚنژھا بکاراوس تہٕ واتنووُن امِس برٛ ونِہہ گُن ۔

جمیلہٕ اُس پتجہِ ووناں تہٕ عبداللہ اوس نکھس تُلِتھ بازرٕ کنان ییمہٕ پتجہِ آسہ تیژ اہ زَبر آسان زِ خریدار اُسی اتھو پیٹھی موٚلی ہیٚوان ۔ یتھہٕ پاٹھی گو عبداللہ کیٚنژن دوہن منز بجاہ تہٕ آباد ۔

وول اوس سونچان یِمن روپین کیاہ کرِ۔ تمَس پیوٚ رحمان
صائب یادتہٕ گوبیٚہِ تمس مشورٕ منگنہِ۔ رحمان صائب گواهندِ پاپر جاہ
گرٕ ھینج شیٚچھ بوزِتھ سیٹھاہ خوش۔ عبداللہ لوٚگس ونہٕ "مے کیاہ چھ
یِمن روپیَن کرُن مے چھ خانہٕ دارنی تیژاہ رٕژ زِ آسی هیکوَ پننہِ آمدنی
هندِس أڈی سےٕ رٕقمس پیٹھ جان گذار کرِتھ وٕنۍ دِی توٚ مے مشورٕ
زِ بہٕ کتھِ کنۍ آسہٕ پتھ پلہِ گومُت رقم خرچاوان۔ نتہٕ ماکروٚ آسی فضول
خرچی۔ اما توہہِ چھوَ خبرٕ ے زِ فضول خرچی چھنہ خدایس پسنٛد"۔
امی داناہ شخصن کرِ نس نصیحت زِ ژٕ بناوتہٕ غریبن غُرباتن هندِ باپتھ
اکھ خاَر اَتی اِدارٕ یتھ خداتہِ خوش روزی تہٕ لُوکن تہِ آرام واتہِ۔
اتھی سیتی کرِ نس نصیحت زِ رزِق گژھنہٕ ضایہٕ کرُن دوپنس "عبداللہ
صاَباگن دِتھ بوز۔

ییلہِ تہِ غذاہ کھینہِ بیہان آسکھ۔ یتھ نہٕ کھینہٕ بانس اندی پکھی

بتہٕ سُبن چھکراوان آسکھ۔ نتہٕ گرٛھی کرٛن تام دوہن منز سری سے

بیٚ برکوٚت "تکیا زرِزقس بیقدری کرنہٕ چھنہٕ برکت روزان۔"

اما واپس یِوان یِوان ووتھ عبداللہ ہس دِلہٕ منز شیطانی خیالاہ تہٕ

لوگ پانہٕ سے ستی وننہِ "ولہٕ بہٕ کرَ رحمان صابنہِ کتھہِ ازمائش۔

بہ کرٕ نہٕ تٔس قدر تہٕ روز ریتس کھنڈس کھینہٕ بانہٕ اندی بتہٕ

چھکراوان۔ یتھ وچھہا زِ پزی پأٹھی چھا بیٚ برکوٚت گرٛھان"۔

عبداللہ روداکس ریتس یتھے کنٛی کران۔ پوٚز یمن گیہ نہِ کُنہِ رنگہٕ

کمی۔ سُہ گو رحمان صابس نِش تہٕ ووتھس برٛچمہٕ خمہٕ "تہند وُنن

اوس غلط۔ بہٕ حض رودُس زأنتھ مأنتھ بتہٕ چھکراوان تہٕ دارِ کنٛی

دارِتھ دِوان۔ اِد اسہِ گیہ نہٕ کانٛہہ کمی۔ بلکہِ گوو وہ کھوتہٕ دوہ ہُر رے"

رحمان صأب گویہ بوزِتھ حأران تہٕ رژِھ کھنٛجہ ژینتھاہ دتھ

ووتھس عبداللہ! ییلہِ گرٕ واتکھ تہٕ چھکر وومُت بتہٕ نیٚبر دأرِتھ دِنہٕ

وِزتھاوی زِنظریہ۔ رکتھ کنٛی پنٛیہ پتھَر"

عبداللہ ییلہِ شامس بتہٕ کھبنہِ بیوٚٹھ۔تہٕ پوٚتُس لوٚیُن چھکر رووُمُت کھیٚن دارِکنِز۔امایہ وُچھنہٕ باپتھ کوٚڈُن کلہٕ نیٚبر زِاتھ کیاہ گژھ۔

امی ہٕنز خانہٕ دارِنی جمیلہ اُس بڑ وٚنہے اتہٕ پرٚ اران۔تمہِ دُہت نہٕ بتہٕ پتھر پینہِ۔ یہِ روٚٹن اتھن دوہن منزہ تہٕ ترٚ ووُں اُسُس۔

عبداللہ گو یہ وُچھتھ حاٗران تہٕ لوٚگ امس پرٚ ژھنہِ یہ کیاہ دلیل چھَ۔

سو وُژھس "میانہِ ڈیکہٕ ہرگاہ ژِ لولہ تہٕ مایہِ سان مے کانٛہہ گفٹ (ڈالی) دِکھ۔تہٕ بہٕ دِمہ اتھ دکہٕ ژِ گژھکھ نا ناراض۔ تیتھے کنِز چھُ رزِق تہٕ خدایہِ سنٛز ڈالی۔زندگی،پلو پوشاکھ،روزن جاے بیتر یمہ ساٗری چیز چھِ تمہٕ سنٛزِ نیاٗمژ۔ اسہِ ماپزِ یمن نیاٚمتن دکہِ دِتھ سُہ ناراض کرُن۔

عبداللہ گو یہ بوزِتھ خوش۔۔۔



# اتھہٕ کأم تہٕ تعلیم

گٹہٕ کاسو پانس گاش سَرَو — ولہٕ تُہۍ تہِ پٔرِو ولہٕ أسۍ تہٕ پَرَو

اتھہٕ کأم کرو دِل نوٗرٕ بَرَو — ولہٕ تُہۍ تہِ پٔرِو ولہٕ أسۍ تہٕ پَرَو

یِمہٕ سونہٕ سندۍ اتھہٕ اسۍ ازماوَو — سو کھ پڑاوو غُربت نِہناوو

اَنہٕ پَر روزِ ڈھینہٕ کأنسہِ کھَرو — ولہٕ تُہۍ تہِ پٔرِو ولہٕ أسۍ تہٕ پَرَو

اتھہٕ کامین پوچھر دُبن چھ سہی — آنٛن زیٚنٛن کھوبن چوٚن تہِ سہی

لِکھہٕ پرِ روس أسۍ ما تارٕ ترَو — ولہٕ تُہۍ تہِ پٔرِو ولہٕ أسۍ تہٕ پَرَو

کوتاہ زینٛو کیاہ خرچاوَو — سو کھہٕ باپتھ کینٛہہ پتھ پلہِ تھاوَو

علمہٕ کہِ برکتہٕ یِمہٕ چیز سَرو — ولہٕ تُہۍ تہِ پٔرِو ولہٕ أسۍ تہٕ پَرَو

یہِ چھُ سون وطن اکھ پوٗشہِ چمن — یتہِ ہی پمپوش گلاب پھولن

اتھ منز ما اسۍ کنڈۍ کار زرَو — ولہٕ تُہۍ تہِ پٔرِو ولہٕ أسۍ تہٕ پَرَ

# سانٛی جاناوار

یتھ دُنیہس منز چھ خدایہ سنٛز بوٚن بوٚن زُو ذٲژ۔ اما سارِنے ذٲژن تھوٚد چھُ انسان۔

کینٛہہ جانور چھ سانہِ کشیر ہنٛدین وَنن منز آسان یمن منز سہہ، شال، ہاپتھ، ہرَن، لُہٕر، واند رَہوٕ جانور چھ۔ باقی زُو ذٲژن منز چھہِ اڈی آبس منز روزان مثالے گاڈٕ، وودرِ بیترِ۔

یتھے پاٹھی چھ ہوہس منز وُڈوِنی جاناوارتہِ۔ یمو منزِ اڈی جاناوار سیٹھاہ لوکٕٹ چھتِہ گوٚژرِ، ہارِ، ژرِ، بچرِ، کُتجِہ، پوشنُول، شوگہ، کُکلِہ، ستُتی۔ یمو منز چھ کینٛہہ گرن منز تہِ بہے پھروٚک اژان۔ تمہِ گئے بل بچرِ، ہارِ تہِ ژرِ۔

أڈی جاناوار چھ وٚنۍ کالس وُشنیر ژھارنہٕ گرم پتھرِ کُن ژلان یمن منز کوستوٗری ، پوشنوٗل، سٹُتی ،شوگہٕ ہوِی جاناوار شأمِل چھ۔

اما ہلی بچری ،ژرِ ہارِ تہٕ کاوبیتر چھ وہری وٚ ریس پیٚتی روزان۔

کینٛہہ جاناوار چھ بڈی تہِ مثالے گانٹھ ، گرٛبد ،برٛگ بیترِ۔

یِتھ کنی خدا ین رنگہٕ رنگہٕ پوشہِ ذأژ بناوِتھے پأٹھی چھ جاناوار تہ بوٚن بوٚن قسمن ہندی آسان۔

راتہٕ موغُل چھُنہ دوہلہِ وُچھتھ ہیٚکان اما تمس چھ راتھ کبت صاف بوزنہٕ یوان۔

لُوکھ چھ کینٛہہ جاناوار گرن منز تہِ سیہ کران تہٕ رَچھان یمن منز کوتر تہٕ شوگہٕ چھ۔ کُکلہِ ، کوستوری ، پوشنول تہٕ سٹُتی ہوی جاناوار چھ میٹھ تہٕ موٚدر بولی کرِتھ سأنی دل رَنزٕناوان۔



# حد گرٛشھنہٕ ڈُلن

دپان لگُر آہ سێد یوو میخانہٕ سے مٔژ

سُہ اوس فاقے کران بوٚ کبٛشہہ کھینٛکُ ٹٔز

وُچھِن اندی اندی سیٹھاہ اتہِ بانہٕ بٔری بٔرئ

اماسأری وُچھِن تمہٕ ٹھانٛڈ کری کری

نوٚ ٹاہ اکھ ٹھانٛڈٕ روٚس اتہِ اوس امّا

تہٕ ووٚھلاوِن نِٹس پیٹھ امی نٔبے سنٛگاہ

نِٹس پیٹھ گتھہ کران اوس اور تے یور

گێیس لٔٹ بوٚن وُچھن سریہہ اتھ گوٚمُت لور

ڈۆپُن امایہ کیاہ سنہٕ ترٛیشہِ نوٚٹ چھا
ژٕ ہتِھ لٕٹ وارٕ دوٚپ امی سرٕ بہٕ کرٕ ہا
کھوٚتُس نشہِ سکھ تہٕ کاڈین آس طوفان
ہوٚتُن اتھی منٛز وُنن یفران تیٛفران
دپان اوس برٛ ورکتہِ بیوٹھ از وُڈاوَن
کڈس ازتُوس ووٚنی افسوس کھیٛاوَن
چھُتمی اسہِ توس تلُمت عمُرِ عُمران
بہٕ ہوٚٹ چیرس کڈس پننوٕ اتھَو جان
نشَس یُوتاہ ہُریرِگوس تیُوت وولیوو
دپان اوس برٛ ورمارَن اِدٕژلیٛم کھرٛ وو

أ رِکتھ کُن اوس سورُے بڑ ور بوزان
بِہتھ اوس زاگ ہیتھ بو ہران ژالان
گگُر گوز یادٕ تیزان کرٕ یکہٕ لایان
وِل بڑ آرس آو جاۘرِس پیٹھ بہٕ یک آن
سُہ گوبڑ وثہہ کُن سیٹھاہ لوٚت لوٚت تہٕ نمٕی نمٕی
دِژن تھپھ روٚٹ گگُر پنٛجن اندر ژُٕمٕی
گگُر دم پھُٹِ سپُن وونی پیوٚ سُہ سادس
دوٚپُن واللہ وِل چھُنہٕ کانہہ چارٕ وعدس
چھُ مشراوان اصل یُس پننہِ ذاتُک
ژیٚتِس تھاۘوِن سبق یمہِ وأری داتُک
خداین تھاۘوٕمژ سوٚنچِتھ تفاوت
تہٕ مشراوُن ہلاآل چھُنہٕ جان عادت



# رُت گرٕ سوار



خداین چھُ انسان سارنے زُوٕ ذاژن منز رتہِ آیہ رأژتھ بنوومُت۔ امس چھُس دُنیہس منز تھوٚدتہٕ شوٗبہِ دار مرتبہٕ دُتمُت۔ امہِ کنہٕ پزٕنہٕ امس کأنسہِ ہُند آویزٕ بنُن۔

دوٚہا پچھُ بنان زِپنہِ علاقُک اکھ رُت تہٕ نیک بُزرگاہ اوس گُرِس کھٔسِتھ کنتھ تام گُن گژھان۔

أمی سےٚ پیٚو اتھہِ منز کمچہِ وٚسِتھ۔ امی رُکوٚو پنُن گُرتہٕ یوٚن وسِتھ ٹُلن کمچہ۔ پتہٕ کھوٚت بیہِ گُرِس تہٕ دژاو بروٚنہہ گُن۔

امہٕ وِزِ أسی بێیہٕ تہٕ واریاہ نفر أڈی گُرین پێٹھ تہٕ اڈی وہ کھلی وتہٕ پکان۔ یموٗ منٛز وۆن اکی شخصن امس گامہٕ زِٹھس ''حضرت! توٗ ہیہ کیاۆ زِ کوٗ رُو گُرِ پیٹھہٕ وسنٛک تکلیف اسی ؤنی زِ ہو۔ اسی پلہٕ ناوِ ہو توٗ ہیہٕ یہٕ کمچِہ۔ یہ کوٗ سہٕ بڑ کأماہ أس۔

سُہ وہ تھُس درجواب ''بابا! پانس توٗ ژھ تہٕ طاقت أستھ کأنسہِ اتھہٕ دارُن تہٕ آدیزٕ روزُن چھُنہٕ رژ کتھ۔ تہٕ یہ چھُنہ خداصأبس تہِ پسنٛد۔''



# عٲلم چھُ رحمت

اِقراء بوزِتھ کتھہِ دزاو واش ۔ علم چھُ رحمت علمے گاش

بێے علم روُزن عقلہِ چھُ ناش ۔ علم چھُ رحمت علمے گاش

علمے ہاوان اصلچ وتھ ۔ علمے زانُن بڑ دولت

بێے عِلم جاہِل چھُے قلاش ۔ علم چھُ رحمت علمے گاش

عٲلمِن دیہِ سنٛز دِژاسہِ زان ۔ علمہٕ ستیٚ مَلکن تھوٚد انسان

عٲلمِن نبٕ دِتھ سِرگری فاش ۔ علم چھُ رحمت علمے گاش

علمہٕ ستیٚ زِیرک چھُے انسان ۔ علمہ روٚس حاصل سپدیا زان

عِلمے انسانس بڑ راش ۔ علم چھُ رحمت علمے گاش

بےٚ علم کتھ کرِ اور یا یور ۔ بےٚ علم اوپ چھُے بیقل چور

عائلم رِتی پأٹھی کتھ ِکڈِ واش ۔ علم چھُ رحمت علمے گاش

عٔلمن کیأہ کیأہ کوٚر ایجاد ۔ علمہِ ستیٚ دنیاہ گو آباد

علمن ہُرِ رأو زُوِنچ آش ۔ علم چھُ رحمت علمے گاش

عٔلمن سمندر تام ژومہِ روو ۔ عٔلمن پیر پانژال الہِ روو

علمن لَتہِ تل روٚٹ آکاش ۔ علم چھُ رحمت علمے گاش

عٔلمن طےکوٚر ژُنتھ ازتام ۔ کُل سمسار آہ زنہِ اکھ گام

علمن وَقتس ہوتنے تڑاش ۔ علم چھُ رحمت علمے گاش

علمے گیتا علم قرآن ۔ علمے گیاٚن تَے علم عرفان

علمس ہلاکن کوٚڈنَے واش

علم چھُ رحمت علمے گاش

# بأتے چھُ خأرے



دپان اکس دوٗرگامس منز روزن وول شخصاہ ووتھ اکہِ دوہہِ شہر۔ اتہٕ گوس ژیرتہٕ گوپنہٕ نِس اکس ہمسایس نِش راتھ ٹپاوٕنہِ ۔ یہ ہمسایہ اوس سرکأری ملأزِم تہٕ اوس شہرس منز ڈیرس روزان۔

أمی ہمسایَن پرٛژھ امس ”مے ونتہٕ سانہِ گرِ چھا سأری وارٕ“۔ پوٗژھ لوٗگس ونہِ ”آہن حض باقے چھُ ٹھیکھے اما تہندِ گرُک ہون موٗ داوترٕ“۔

ہُہ ووٗتھس ”افسوس سون ہوٗن موٗدا؟ سُہ اوس اسہِ سٔکھ وفادار۔ اماسُہ کِتھہ کنیٔ موٗد؟“۔ پوٗژھ ووتھس ”تہند گرُ اوس موٗدمُت۔ تمی سندُے ماز کھیون۔ اکھ اُڈج گیَس ہٹس پیٹھ بنٛد تہٕ موٗد۔ ہمسایہِ ملأزِم ووتھس ”کیاہ سون گُرتہِ چھا موٗدمُت اما سنہٕ تمس کیاہ وکانہٕ گو؟“

یہ لوٗگس ونہِ ”سُہ اوس چانہِ ماجہِ ہنٛز قبرِ باپتھ کنہٕ پأترِ ساران۔ بورگوس زیادٕ گوٗب تہٕ گوٗمرِتھ۔ بأتے چھُ تتہِ خأرے“۔

ملأزم گو پریشان تہٕ پرُژھنس ”ہے افسوس کیاہ موج تہِ چھا گُذرے مژٕ؟ پوٗز مے ونتہٕ وٗلی وٗلی تمس کیاہ بہانہ گو؟“

دۆپنس "تمہِ ژول نہٕ جوان نوشہِ ہنٛد مرُن تہٕ گوس ہارٹ فیل

باقے چھُ خاٗرے۔"

یہ بوزِتھ پھیورامس موتُن تہٕ لۆگ وَدنہٕ "گومیأنٛز خانہٕ دارِنٛز تہٕ چھ

موءِژا ماسو۔ کتھہ کنٛز؟"

گامہٕ وول وۆتھُس "کیاہ ونے۔ تمہِ ییلہِ پنہٕ نٮ۪ن دۆشوے شُرین ہنٛز

لاشہِ وُچھہ تمس گو نہٕ برداشت تہٕ گیہ ازجان۔ باقے چھُ سور ے خاٗر"۔

ملازم لۆگُس ودان ودان پرٛژھنہِ "یہ وَنتم تمن میانٮ۪ن شُرین کیاہ گو"

دۆپنس "سانہِ گامہٕ پیوسکھ رُود۔ یمہِ ستۍ تہنٛد مکانہٕ وٕستھ آو دۆشوٕے

شُری گے مکانس تل تہٕ مودی۔ باقے چھُ خاٗرے۔"

یہ بوزِتھ آو ملازم نبے سنٛگاہ پتھر لاینہٕ تہٕ گو بیہوش۔

ٹاٹھیو بچو۔ گرُک گراوس وُجار گومُت تہٕ یہ شخص رودتوتہِ ونان زِ باقے

چھُ خاٗری۔ تتھے کنٛز چھہ سہ شخص یُس نہٕ نماز پرِ نہِ روزٕ تھاوِ نہٕ زکات

دِیہ نہ تہٕ زانہہ پۆز ونہِ توتہِ روزِ ہی ونان زِ

"الحمدُ للہ بہ چھُس مسلمان"

# غریب پادشاہ

دپان پادشاہا سیٹھاہ اوس غریب ۔ غریب پادشاہس وُنن کُتھ عجیب
سجاوِتھ محل خان اوسے بسان ۔ سیٹھاہ، فوج اوسُس بہودُر جوان
سہ رنگہٕ رنگہٕ اوسےٕ ضیافت کھیوان ۔ تہِ سپدان بوٚیی تمِس دِل یژھان
چھُ بدٚ کیاہ تہٕ رُت کیاہ تمس بوٚنہٕ غم ۔ خدایس تہِ مانان اوسےٕ سہ کم
دپان اوس اصلی تہٕ بےٚ چھُس خدا ۔ بے فِکری اندر اوس روزان سدا
سیٹھاہ اوس ناکارِگی سُے کران ۔ سہ زارس گنڈ اس بوٚشراباہ چوان
رٕتین سکھ ستاوان ظُلماہ کران ۔ سہ ناکارٕ لوکن کتھن گن تھوان
پزر اوسنہٕ زانہہ تہِ مانان سُے ۔ اپزٕ اوسس دوہ راتھ ورتان سےٕ
سہ موتس نہٕ کھوژان اوسےٕ مُلے ۔ کران رٕژ کتھا اوس مازانہہ توٚے

دپان ہا شُریٚو موُ دیٚیلہِ پادشاہ ۔ ونان اوس پتہٕ اکھا اَکس پرٚ تھا اکھاہ
سوُرے مال جاداد ترأ وِتھ سُہ گو ۔ کران ناز بدٔ بخت ستھ پیٚٹھ سُہ بو
چھُ تولُن تمِس محشرس منٛز سوُرے ۔ تُلن چھُس سزا تہ تتہِ عملن ہو ٹھِ ے
تتے دٕبن تمس آسہِ سوٕرُے جواب ۔ گرٛ ھبس حال بدٕ ترٛژھِ عمل چھُس خراب
ونان آسہِ وٕدٕ وٕدٕ یہ کیٛاہ سنہٕ کوٚرُم ۔ ورُق عملہٕ ہنُد میٛنے گو ناہو بوٚ رُم
خدایا مےٚ ہوٗ کُس اکھا بدنصیب ۔ عمل چھمنہٕ رٕژ کاںٛہہ تہٕ چھُسنا غریب

چھُ سرمایہ دوٚن دُنیہن رٕژ عمل
ہلاکن تہِ ووٚن نیک عملَن چھُ پھل



# ترٛے گاڈٕ



دپان اِکس مُلکس منٛز اوس اکھ بۆڈ درٕیاو۔ دریاوس اکِہ انٛدٕ ہنادُور پہَن اوس اکھ بۆڈ آبہٕ دوب۔ اتھ دوٕبس منٛز آسہٕ ترٛے گاڈٕ روزان۔ اکِہ دوہہٕ آو اکھ گاڈٕ رٹن وول اپاری۔ تمۍ وُچھہِ یمہٕ گاڈٕ تہٕ لۆگ بڑِ بڑٕ پانہٕ سےٕ ستۍ ونہِ۔

"پگاہ آنہٕ بہٕ زال تہٕ رَٹکھ یمہٕ ترٛینہٕ وَے گاڈٕ۔"

دپان یِمو منٛز اُس اکھ گاڈ سیٛٹھاہ گاٹٕج، دویم اُس کمٕے پہَن عقل منٛد تہٕ ترٛیِم اُس مُولہٕ چارٕ۔

امایہ چارٕ گاڈٕ اُس پنُن پان جادَے چالاک زانان۔ ہُہ عاقل گاڈ وُژھ یمن دۆون گاڈن زِتو ہہِ بُوزوا امس شِکاری سنٛز کتھ۔ دوشوَے وژھس سُہ اوس ونان پگاہ رَٹکھ بہ یمہٕ ترٛینوَے۔ امِہ وۆنکھ "جان گوناسِ اُسۍ ژلوہُتھ دریاوس کُن۔ تہٕ تتۍ روزَو۔ نتہٕ چھ موت اسِہ کلہٕ پیٹھۍ نژان"۔

دویم گاڈ وژٕھس "بہٕ ترٛ اونہٕ پننی یہِ روزن جاے۔ تکیازِ وَطنک محبت چھُ نیٛصف ایمان۔ امۍ سُند یہ جواب بوزِتھ آو عقل منٛد گاڈِ اُسن تہٕ دۆپنس مےٛ تہِ چھُ یہِ بوزمُت۔



اماژ چھکھ۔ یتھ نہٕ پوشن وأرلس آبہ دوہس پنُن وطن زانان اتھ کوسہٕ پایدأری چھ۔ ترٚیم بیقل گاڈ بجس وننہٕ۔ بہ کیاہ چاأر چھسا زِ شکأرک ہندِس زالس منز گژھ بند۔ بہٕ لگہٕ نہٕ تمس زانہِ تہٕ اتھہِ۔ بہٕ چھس شکارٕین ہندی ژھَل زانان۔ زِ یرک گاڈ دراہِ وارٕ وارٕ دریاوس کُن تہٕ روز آرامہٕ سان۔ دویمہِ دوہہ آو شکأری تہٕ رٔچن دۄنوٚے گاڈٕ زالس منز۔ کم پہن داناہ گاڈِ کرٕ چالاً کی تمہِ لوگ پُور پأٹھی مُو دمُت۔ شکأری زون زِ یہ چھ خراب گامٕژ تہٕ دِژن کش کڈِتھ دریاوس کُن دأرِتھ۔ دریاوس منز وأتِتھ ترٚ وو امہِ اَسُناہ۔ یٚیلہ بیقل گاڈ زالس پھٔسے یہِ سوٗنچ پشتاونہِ تہٕ اُس پننہِ چاأری گی پیٚٹھ افسوس کران۔

ٹاٹھیو بچو زیرک گاڈ گوسہٕ انسان یُس رٕژن کتھن پیٚٹھ عمل کرِتھ پننی ساأرٕ ے زندگی گُذارِ۔ کم پہن عقل مند گاڈ چھُسہٕ انسان یُس کینژھہ کالاہ نیک وتہِ ڈولُمت آسہِ پوز جلدٕ ے پھیرٕ رٕژرَس کُن تہٕ ترٚیم بیقل گاڈ گوسہٕ انسان یُس ہر ہمیشہ نا کارگی کران روزِ تہٕ اُخرتلہِ سزاہ۔



# ساآنۍ کُلۍ

کُلۍ چھ انسانہٕ سندۍ دوس۔ مگر انسان چھُ کُلٕین ہنٛد دشمن بنان یِیلہِ سُہ یمن تبر وایان چھُ۔

انسان چھُ نارزالنہٕ باپتھ کُلۍ ژٹان۔

انسان چھُ مکان بناونہٕ باپتھ کُلۍ ژٹان۔

انسان چھ گنٛدھک تُج بناونہٕ پیٹھہٕ بڑۍ بڑۍ جہاز بناونہٕ باپتھ کُلۍ ژٹان۔

انسان چھ پنٕنۍ بستی بساونہٕ باپتھ کُلۍ ژٹان۔

انسان چھ زمین واینہٕ باپتھ شیرنہٕ سنٛبالنہٕ باپتھ تہٕ زمین دأری ہنٛدۍ سامان بناونہٕ باپتھ کُلۍ ژٹان۔

کُلۍ چھ اسہِ قسم وار میٹھۍ تہٕ مۆدرۍ میٛوٕ دِوان۔ کُلۍ چھ اسہ گرٛیشمہٕ کرٛ ایہِ منٛز شیہجار چھاونہٕ باپتھ واوجہٕ واو دِتھ تازٕ کران۔ کینٛژن کُلٕین ہنٛدِس پنٛس تہٕ پھلس چھ دوٲہ بناونہٕ یِوان۔ کُلۍ چھ زَمینس تہٕ شیہجار بخشان۔

کُلٕین ہنٛد سر سبزر پن چھُ ہوٲہ صاف کران یُس سانہِ صحتہٕ باپتھ ضروری چھُ۔

گُلین ہنڈی مُول چھ زمینس دریر کران یتھنہٕ سو رُود وِزِ رُڑ گژھہ۔
ہرگاہ جتگلن ہنڈی گلی یسلہٕ ژٹنہٕ یِن یاتہٕ کھسہِ زمینس یُپ نتہٕ گژھہ رُود
نہ پینہٕ ستۍ ہو کھے۔
گُلین پیٹھ چھ قسما قسم جاناوار بیہان۔ یمہٕ پٔنہِ میچھہ تہٕ موٚد ربولہِ کرِتھ
سأنی دل رَنزناوان چھ۔
اگر أسی عقلہِ کأم ہیمو اسہِ پیٚن نہٕ زیادٕ گُلی ژٹنی۔
کوتاہ زَبر گیاو ہرگاہ اسی کنہِ جایہِ گُل ژٹنس ستۍ تتہِ نوٚ وگُل ژوان آیہو۔
گُلِس گژھہ تِتھے پأٹھی لول برُن یتھٕ پأٹھی انسان پننس اولادس
رَچھان چھُ۔



# چھَ عیداَز

وٲلو گِنڈَو چھَ عید اَز

اَسو لَسو چھَ عید اَز

ژٔنڈر دپان چھِ دزاوہا

سرِنی وَنو، چھ عید اَز

بہٕ گوس خوش تہٕ برِ ووٚنم

شُریو بٹیو، چھ عید اَز

ممی ووٚنُم مےٚ سران کوٚر

دِنوی پلَو، چھ عید اَز

کرَو سلام اِسی زِٹھیٚن

دُعا رٹوَچھ عید اَز

نماز پرنہٕ عیدگاہ

سِمتھ گرٛھوچھ عید اَز

گرکیٚ وِن عید یانہٕ دِن

چنٛدَن بَرو چھ عید اَز

خرٕچ کرونہٕ أسی ٹٔکی

جماہ گرو چھ عید اَز

چھِیمہٕ غریب أسی تمَن

مدد کرو چھ عید اَز

دُعا کران ہلاَل چھُو

پھوتیٚو پھوتیٚو چھ عید اَز

# باغس منٛز

واہ واہ پھوٚلۍ گُل باغس منٛز

شوبان گُل گُل باغس منٛز

سوٚنتہٕ پوشَن بوشاہ کھوٚت

وٕلۍ آے بُلبُل باغس منٛز

مُشک ژھٹان رنگہٕ وَل تہٕ گلاب

سوٚسَن سنٛبُل باغس منٛز

پنہٕ پوشہٕ کوٚر چھٹہِ پأراو

ہارِیوٚ ہیٚے ٹُل باغس منٛز

کگُلہِ تہٕ کوستُورس اَتہِ جاے

شُوبیاؔ ہانگُل باغس منٛز

چھگ ینہٕ لگہِ جاناوارن

ینہٕ اژِ وارِٹُل باغس منٛز

موختہٕ ہلم ہٕری ہٕری صحاٗے

دزمنکُ ٹُل ٹُل باغس منٛز

صٔحتس واتُن گو چھاوُن

صُبح تہٕ شامُل باغس منٛز

وتہِ وتہِ پھیرُن ماگو جان

نیرسہٕ دَوتُل باغس منٛز

بازِری چھُنہٕ پھیران ہلاآل

سمکھہِ سہٕ ہِلگُل باغس منٛز



# گاٹہٕ چار

جانہٕ اُس سَکھ کتھل تہٕ اوٗپ زنانہٕ۔ کانٛہہ کتھاہ اُسس نہٕ اندرٕ وہان کنٛہہ تہِ بوزِ ہے گاسٕی گامس اُس پارٕ ے کران۔ یۆزامی سُند خاوند گلہٕ کاکھ اوس سبٹھاہ گاٹُل تہٕ دَم دار۔

گلہٕ کاکھ گواکِہ دوہہ جنگلس منٛز شکار ژھارنہِ۔ تمۍ ہوٗت ہاپُت رٹنہٕ باپتھ اکھ کھوڈ کھنٛن۔ امایہ کھوڈ کھنان دڑاو اَتہِ خزانہٕ۔ سُہ لۆگ سونٛچنہِ زِ ووٚں کیاہ کرٕ۔ تکیازِ ہر گاہ امُکپ ےِ خانہٕ دارِنہِ لگہِ سُہ وَنہِ سأرِسے گامَس۔ کتھ واتہِ مُقدمس تام تہٕ سُہ ژھنہِ یگ دم خزانس تھپھ۔

سونٛچان سونٛچان کڈن اکھ وتھ۔ تمۍ تھوو خزانہٕ اُتی دۆبرأوِتھ۔ اتھ جایہِ تھوۆ ن اکھ نِشانہٕ تہٕ دڑاو گرٕ کُن۔ وتہِ وُچھن اکھ دٕریاو۔ دریاوَس ترٛووٗ ن زال تہٕ کھأژن گاڈ۔ پتہٕ وُچھن اکھ خرگوش پنٛجرس منٛز بنٛد گوٚمُت۔ خرگوش کوٚڈن پنٛجرٕ منٛزٕ تہٕ اتھ منٛز تھأوِن گاڈ۔ خرگوش تُلن تہٕ ووت بیٚیہِ دٕریاوَس پێٹھ۔ تتہِ تھووٗ ن گاڈٕ زالَس منٛز خرگوش۔

شامس ژیرِ ییلہ گُلہٕ کاکھ گرٕ ووت۔ تتہٕ وۄنُن خاندارِنہٕ مے چھُ سخ بوٚچھ
لٔجمٕژ۔ مے دِتہٕ ژوچہِ پھوٚ تاہ بناوِتھ۔ ازراتس بیٚہمہ بہٕ جنگلس منٛز۔ دپان
تتہٕ چھُ خزانہ دژامُت بہٕ تہٕ کرٕ ہا موٗلوم۔
جانہٕ گیہ یہ بوزِتھ خوش تہٕ بناوِن ژوچہِ۔ گُلہٕ کاکن کھیٚیہِ اکھ زٕ ژوچہ
تہٕ ماباقی تھاوِن اَکس لفافس منٛز۔ خاندارنہِ دوٚپنس بہٕ تہِ یمے ژے
ستی۔ سُہ وۄتھس اِدکیاہ۔ امس لوٚگ تیاری کرنس سیٚٹھاہ کال۔ جانہٕ
وژھس ''ولہٕ جل جل نیرو'' دوٚشوے دژاے جنگلس کُن۔ گُلہٕ کاکھ اوس
جانس برونٛہہ نیرِتھ تیز تیز پکان تہٕ ژھایہ ہول روزِتھ ٹھیلہٕ منٛز اکھ اکھ
ژوٚٹ کڈتھ گُلی لٔجن الوٚنٛد تژ اوان۔ جانن ییلہِ گُلی لٔجن پیٚٹھ ژوچہِ وُچھ
سوگیہ حأران تہٕ لٔج خاندارس ونہِ ''یہ چھُکھنا وچھان گُلیٚن چھ ژوچہِ دژامٕژ
سُہ وۄتھس ''یہِ کوسہٕ ویکھٕژ کتھا ہ چھَ۔ شاید چھُے نہٕ ژے ژوچہِ تژ اون
وول اوبُرزاہنہٕ وُچھمت''۔



"ولہٕ ہُمہِ وتہِ نیرواتہِ چھُ مےٚ پنٛجرٕ لاگتھ تھوومُت تتھ منٛز ما آسہِ کانٛہہ خرگوش لوٚگمت"۔ ییلہِ تمہ اتھ زالس نش واتی۔ تمہِ منٛزٕ کڈ گلہٕ کاکن اکھ گاڈ۔ جانہٕ وۄڈٕ ہس بٔیہ "یہ ونتہٕ خرگوشہِ سندس پنٛجرس منٛز کتہِ آیہِ گاڈ؟"

"ژےٚ چھےٚ ناخبر تمہِ تہِ چھ گاڈٕ یمہ آبہ روستے زمینس پیٹھ آسان چھ۔"

"مےٚ چھنہٕ ازتام یژھ کتھاہ زانٛہہ بوزمٕژ۔ ہرگاہ نہ بہٕ پانہٕ وُچھہِ ہابہٕ کرٕ ہانہ پژٕ ھےٚ"۔

امہِ پتہٕ واتی دوٚشوَے درٕیاوٕ دٔرِس پیٹھ۔ جانہٕ وۄڈٕ ہس "چون گاڈٕ زال آسہِ پیٹی کُنہِ جایہ۔ ولہٕ سُہ تہِ وُچھو"۔

ییلہِ گاڈٕ زال وچھکھ تہٕ اتھ منٛزاوس خرگوش یہ وُچھتھ گیہ جانہ جادَے ہیوٚ لاہ تہٕ لجس ونہِ "ازچھس بہٕ بدلے چیزٕ وُچھان۔ گاڈٕ زالس منٛزٕ کتھہٕ کنہٕ چھ خرگوش پھَسیامُت؟

گُلہ کاکھوٚ وتھس "ژےٚ چھےٚ ناخبر آبس منٛز تہ چھ خرگوش آسان"۔

یمےٚ کتھہ کران کران واتی تمہِ تتھ جایہ یتہِ گلہ کاکن نشانہٕ اوس تھوومُت۔ اتہٕ کھنٕن زمین تہٕ کوٚڈن اکھ بانہٕ۔ تمہِ منٛزٕ یوٚتاہ ہوک تیٚتیاہ دیار رکڈِن۔ یمہٕ دیار ہیٚتھ دٕراے دوشوے باڈٕ گرٕ کُن۔

تمن اوس وتہٕ مقدمہٕ سندِ گرٕ کنی نیرُن ۔ تُتھے اوتھ واتی ۔ اتہ بوزَ کھ کٹہٕ موںگرن ہنز میانہٕ رایہ ۔ جانہٕ وژھ خاندارس "یہ کژھ آواز چھ؟" سُہ لوٗگس وننہٕ "یمہٕ چھ رانٹسہٕ ۔ یمہٕ سائنس مقدمس ہٹ چیر چھ دوان ۔ تکیازِ تمی چھُ غریبن سٕخ ظلم کوٗرمُت ۔ پکھ پانس نیرَو وٕلی وٕلی"۔

تمہٕ واتی دوَان دوران پٮ۪ن گرٕ ۔ گرٕ واتتھ تھوو گُلہٕ کاکن خزانہٕ کھٹتھ تہٕ ترٲوِن ہنٛدر ۔ دوٗیمہ دوہ ووتھ سُہ ژیرٕ ہنٛدرِ ۔ جانہٕ اُس یارٕ بل آب اَنہٕ گمژ ۔ تہٕ ووٗنن سارِنے یارٕ بل کاکہ نٕین زِمیانی خاندارن چھُ خزانہٕ لوٗبمُت ۔

خزانہٕ لبنٛچ شیٚچھ واژ سأری سے گامس ۔ یوٗ تام مُقدمن تہٕ یہ خبر بوز ۔ تمی آنہٕ نو گلہ کاکھ اَمی دمہٕ نادِ دِتھ تہٕ لوٗگس بُتھ ترٚکہٕ راوِتھ وننہٕ "مےٚ بوز ژے چھے خزانہٕ لوٗبمُت ۔ ژے کُبتھہٕ کوٗرتھ یہ خزانہٕ مےٚ برٚ وٕنہہ کنہِ نہٕ تھاوُنک جوٗرت"۔

گلہٕ کاکن ووٗنس کُلس ڈٲول لاٲرِ گتھ "جناب کُبتھ خزانہ؟ مےٚ کتہِ لوٗب خزانہٕ؟" مُقدمس کھوٗت سٕخ شرارت تہٕ لوٗگس وننہِ "اپُز مہٕ ون ۔ چانہِ خاندارِنہِ چھُ سأرسے گامس ووٗنمُت زِ ژے چھے خزانہٕ لوٗبمُت"۔

"جناب! بہ کیاہ وَنہٕ مَو۔ بہ چھُس تمہٕ یِتھٕ ہے فاٲتر کتھہٕ کٔری کٔری بَداِ انُمت۔ تٔمۍ سٕنزِ ن کتھن چھنہٕ ہوٚٹ لوٚٹُے آسان"۔

مُقدمن آنہٕ ناوامۍ سٕنز خاندارنی جانہٕ ناد دِتھ تہٕ لوٚگُس پرٛژھہٕ گاٚرکرنہٕ۔

تمہِ ووٚنُس "اِو جناب! امۍ چھُ خزانہٕ لوٚبُمت۔ بہ اٍسس رأتی راتس امس ستۍ جنگلس منٛز۔ اکھتے وُچھ اسہ جنگل گژھہ وُن گُلیٚن پیٛٹھ ژوچہٕ"

"کیاہ چھکھ ونان؟ جنگلس منٛز گُلیٚن پیٛٹھ ژوچہ"۔

"اِو جناب! تمہٕ آسہٕ اوبرٕ منٛز پیمٕژ"۔

"بیٚیہ وُچھُم گاڈِ زالس خرگوش لوٚگمت۔ پتہٕ کوٚڈ اسہِ خزانہٕ تہٕ اون گرٕ

سیٚلہِ اسی تھٕنڈِ مکانہٕ کنۍ پکان اٲسی۔ اسہِ بوز رانٹس ہنٛز چکہٕ چکھ۔

تمہٕ آسے ژے ہوٚٹ حیران"

یہ بوزِتھ گو مقدم نارو نار دِژنس گُنی کرٛ یکھ "کیاٚ بکواس چھکھ کران۔

نیر گژھ یتہِ دفاہ"۔

گُلہٕ کا کھوٗ وۄتھُس ''جناب! وُچھوٚ میانہٕ زنانہٕ کمہٕ فأیتر کنتھہٕ کرِ۔ توٚ ہیٚؤنی تو خزانہٕ لینچ کتھ کتہٕ آسہٕ پزٕ''۔

مقدمن وون امس ''ادسأنیر گڑھ پٔزن گرِ۔ یہ چھ۔ پزٕ پأٹھی فأیتر بلاے''۔

امہ پتہ کینہہ کال گژھتھ کوٚڈ گُلہ کاکن خزانہ نوٚن تہٕ لوٚگ عأشاہ عشرتھا کرنہٕ۔






خدا تھوٚ دتہٕ بوٚڈتس چھَ عظمت سیٹھا

یہٕ دُنیاہ چھُ ژھوٚٹ تس چھَ وُسعت سیٹھا

نمان یُس تمِس کُن کران کار رٕتی

کراں تس عطا چھےٚ سہٕ رحمت سیٹھا

ژِھنین ماجہِ مأژس چھُ یُس خوش تھوان

دِوان پانہٕ چھُس آغہٕ نعمت سیٹھا

صفائیس چھُ تھاوان پنُن تن تہٕ من

کران پرٚتھ اَکھا تس چھُ عزت سیٹھا

پران یُس چھُ دل دِتھ تہٕ محنت کران

لبان کامیأبی تہٕ شہُرت سیٹھا

قلم ٹوٹھ یَس دوس آسان کتاب

علم تٔسی دِوان زیب زِینت سیٹھا

وَنان یُس اکھاپوٗز، ٹھوٗٹھےٕ اُسی تَن

دِوان چھُس دِلس تو تہٕ فرحَت سیٹھا

کرِ ہو خوب محنت پُرِ ہو باشُر یو

لَبو وأنسہِ دولت تہٕ برکت سیٹھا

چھُ یُس اکھ تہٕ شُر باادب باتمیز

ہلالس ہُران تس وُچھتھ سَتھ سیٹھا



# ماجہ زیٚو

بہٕ کأشُرتہٕ کأشِر مےٚ چھم ماجہ زیٚو

موٚدٕر میٹھ کأژاہ نَرم ماجہِ زیٚو

روٗٹس ماجہ کوٗچھہِ منز تمی آپرٕم

دودس ستیٚ بس دَم بَدم ماجہِ زیٚو

یہِ باوُن مےٚ آسیٚم خیالس تتھِس

سیٚٹھاہ شوٗب کھالان چھم ماجہِ زیٚو

بہ ایران گژھہ یا عرب، اَمرِ کا
بنان چھامے زانۍہہ کیاہ مشَم ماجہِ زیٚو

تتِہِ ھے ٹاٹھ چھم یُتھ پئُن مول موج
تہنٛدلول تازَے تھوٚیم ماجہِ زیٚو

اکھا اکھ لفظ امہِ کُہِ کھئنتھ چھم دِلس
وِنہٕ گُس بامِٹأوِتھ ہیکیم ماجہِ زیٚو

یہِ چھُم ماجہِ زیٚو یادگار آہ ہلالؔ
وچھس منٛز تھوَن زِندٕ چھُس یُوت کال



